اَلَآ اِنَّ اَوْلِیَاءَ اللّٰہِ لَاخَوْفٌ عَلَیْہِمْ وَلَا ھُمْ یَحْزَنُوْنَ

بے شک چھِنہٕ خودایہ سٕندِ ین ٲشن نہٕ کانٛہہ خوف تہٕ نہٕ کانٛہہ غم

# اَورادِ فتحیہ

کاشُر ترجمہ


محمد حیات عامر حسینی



ماہِ رمضان المبارک ۱۴۳۹ ہجری

# اَوراد فتحیه

اَعوذُ باللّٰه مِنَ الشَّیطٰنِ الرَّجِیُم

پناہ چھُس منگاں کڈ ؠتس شیطانٕ سندِ شرٕ ہتہٕ وسواسہٕ نِشہِ۔

بِسُمِ اللّٰهَ الرَّحُمٰنِ الرَّحِیُمِ

شروع چھُس کران خداصآبنہِ ناوٕ ستؠ ،یُس سٮ۪ٹھاہ مہربان تہٕ رحم کرن وول چھُ

اَسُتَغُفِرُ اللّٰهَ الُعَظِیُمَ اَسُتَغُفِرُ اللّٰهَ الُعَظِیُمَ اَسُتَغُفِرُ اللّٰهَ الُعَظِیُمَ

توبہٕ چھُس کران ،مغفرت تہٕ بخشآیش چھُس منگاں تمام گناہو نِش عظمت وآلِس بخشن ہار خدا

اَلَّذِیُ لَا اِلٰهَ اِلَّا هُوَ الُحَیُّ الُقَیُّوُمُ

صآبس ،یَس ورأے کانٛہہ معبوٗ دا چھُنہٕ ،یُس زندہ چھُ یُس ہمیشہٕ اوس تہٕ ہمیشہٕ آسہِ تٔسی کُن چھُس

وَاَتُوُبُ اِلَیُهِ وَاَسُأَلُهُ التَّوُبَةَ ط

رجوع کران تہٕ توبہٕ چھُس کران تمام گناہو نِشہِ تہِ تٔسی چھُس مغفرت تہٕ بخشآیس منگاں۔

اَللّٰهُمَّ اَنُتَ السَّلَامُ وَمِنُكَ السَّلَامُ

اَے سانہِ روبہٕ ،ژٕ ے چھُکھ تمام سلامتی ،ژٕ ے چھُکھ تمام سلامتی ہُند آگُر ،تمام سلامتی چھےٚ ژے

وَ اِلَیُكَ یَرُجِعُ السَّلَام حَیِّنَا رَبَّنَا بِالسَّلَامِ وَ اَدُخِلُنَا

نِشہِ میلان تہٕ ژے کُن پھیران۔اَے سانہِ روبہٕ اَسہِ تھاو سلامتی سان زندہ۔تہٕ سلامتی ہندِس گرس

دَارَالسَّلَام تَبَارَكُتَ رَبَّنَا وَتَعَالَیُتَ

(یعنی جنتس )منز کر دأخل۔اَے سانہِ روبہٕ ،ژٕ چھُکھ برکت وول ،تھز ر تہٕ بجُرک تہٕ عزتُک

یَاذَا الُجَلَالِ وَ الُاِكُرَامِ ط

مألِک۔ اَے تھدِ شانہٕ تہٕ عزتہٕ والہِ ......

اَللّٰهُمَّ لَكَ الْحَمْدُ حَمْداً يُّوَافِيْ نِعَمَكَ وَ يُكَافِي

اَے روبہٕ، تمام ثناشوٗ بنے ژے۔ چأنٛز ثناتہٕ تعریف چھِ چانٛن نعمژن تہٕ عنایژن ہُر بَر کران۔ چانٛن

مَزِيْدَ كَرَمِكَ اَحْمَدُكَ بِجَمِيْعِ مَحَامِدِكَ مَا عَلِمْتُ مِنْهَاوَمَالَمْ اَعْلَمْ

عنایژن تہٕ مہربانٛین چھِ چأنٛز ثناتہٕ تعریف کأفی۔ چأنی ثناتہٕ تعریف چھُس کران چانٛن تعریفن منٛز

وَعَلٰى جَمِيْعِ نِعَمِكَ مَا عَلِمْتُ مِنْهَا

مخمور و مسحور گژھِتھ۔ بہٕ چھُس چانٛن تمام رٕژرن سان چأنٛز ثناتہٕ تعریف کران یمن ہُند مےٚ علم

وَمَالَمْ اَعْلَمْ وَعَلٰى كُلِّ حَالٍ ط

چھُ۔ تمام رژرن سان یمن ہُند مےٚ علم چھُنہٕ۔ بہٕ چھُس پرٛتھ حالس منٛز چانٛن نعمژن تہٕ بخشائیشن

اَعُوْذُ بِاللّٰهِ مِنَ الشَّيْطٰنِ الرَّجِيْمِ ط

ہُند شُکر ادا کران۔ پناہ چھُس منٛگان خداصأبس کُڈٕمتِس شیطانٕسندِ شرٕ تہٕ وسواسہٕ نِشہٕ۔

اَللّٰهُ لَا اِلٰـهَ اِلَّا هُوَ الْحَيُّ الْقَيُّوْمُ

خدایہِ لم یزل چھےٚ سۄ ذات یَس ورأے کانٛہہ معبوٗد چھُنہٕ۔ یُس ہمیشہٕ زندہ چھُ تہٕ یُس ہمیشہٕ اوس

لَا تَأْخُذُهُ سِنَةٌ وَّلَا نَوْمٌ ط لَهُ مَا فِي السَّمَاوَاتِ وَمَا فِي الْأَرْضِ ط

تہٕ ہمیشہٕ آسہِ۔ تس چھُنہٕ کانٛہہ فنک تہٕ نٛند رپٕنہِ مو چھِ منٛز ہہٕکان نٕتھ۔ یہٕ کینٛژھا زمینن تہٕ آسمانن منٛز

مَنْ ذَا الَّذِيْ يَشْفَعُ عِنْدَهُ اِلَّا بِاِذْنِهٖ يَعْلَمُ مَا بَيْنَ اَيْدِيْهِمْ

چھُ، سۄ چھُ تسنٛدُ ے۔ چھا کانٛہہ یُس تسنٛدِ اجازتہٕ ورأے تس نِش سفأرِش ہیکہِ کٔرِتھ۔

وَمَا خَلْفَهُمْ وَلَا يُحِيْطُوْنَ بِشَيْءٍ مِّنْ عِلْمِهٖ اِلَّا بِمَا شَاءَ

یہِ کینٛژھا اوس تہٕ یہِ کینٛژھا آسہِ تٔمس چھِ تَمیٚ پٕوٗ رِپٕوٗ رخبر۔ یہِ کینٛژھاسۄ زانان چھُ تہٕ زانہِ نہٕ کانٛہہ۔

وَسِعَ كُرْسِيُّهُ السَّمَاوَاتِ وَالْأَرْضَ

اِلاسۄ کرِ کأنٛسہِ کُنہِ چیزُک علم عطا۔ تسُند اقتدار چھُ زمینس تہٕ آسمانس پٹھ چھأوِتھ۔

وَلَا یَؤُدُہٗ حِفۡظُہُمَا وَہُوَ الۡعَلِیُّ الۡعَظِیۡمُ ۔

تہٕنز نگرٲنی تہٕ حفاظت چھُنہٕ تس تھکراون واجِنۍ ۔ بس سُے چھُ سٮ۪ٹھاہ تھدِ شانہٕ وول تہٕ عظمت وول۔

سُبۡحَانَ اللّٰہِ ۳۳ بار اَلۡحَمۡدُ لِلّٰہِ ۳۳ بار اَللّٰہُ اَکۡبَرُ ۳۴ بار

منزہ تہٕ پاک چھُ خدایہٕ سٕنز ذات پرٛتھ عٲبہٕ نِش ۔ سٲری حمد وثنا چھِ تٔسنٛدِی خاطرٕ۔ سٮ۪ٹھاہ تھٔز تہٕ بٔڈ

لَا اِلٰہَ اِلَّا اللّٰہُ وَحۡدَہٗ لَا شَرِیۡکَ لَہٗ

چھِ خدایہٕ سٕنز ذات ۔ چھُنہٕ کانٛہہ خدایا، عبادتس لایق تس معبوٗدِ برحقس ورٲے ۔ یُس کُن تہٕ یکتا چھُ،

لَہُ الۡمُلۡکُ وَلَہُ الۡحَمۡدُ

تس چھُنہٕ کانٛہہ شریک ۔ سُے چھُ بادشاہ ۔ تہٕ کاینا تس پیٹھ چھِ تٔسنٛزٕے حکومت تہٕ اقتدار ۔ سٲری حمد وثنا

وَہُوَ عَلٰی کُلِّ شَیۡءٍ قَدِیۡرٌ ۱۰ بار بخواند لَا اِلٰہَ اِلَّا اللّٰہُ الۡمَلِکُ

شۆبن تٔسی تہٕ تس چھِ ذرس ذرس پیٹھ قدرت حاصِل ۔ چھُنہٕ کانٛہہ خدایا، تس معبوٗدِ حقیقیس ورٲے یُس

الۡجَبَّارُ ۔ لَا اِلٰہَ اِلَّا اللّٰہُ

بے پناہ قوت وول بادشاہِ حقیقی چھُ ۔ چھُنہٕ کانٛہہ خدایا، تس پٔزِس معبودس ورٲے یُس کُن چھُ، یسٕنٛدِس

الۡوَاحِدُ الۡقَھَّارُ ط لَا اِلٰہَ اِلَّا اللّٰہُ

بے پناہ قوتس برونٛہہ کُنہِ سٲری بےٚ بس محتاج چھِ ۔ چھُنہٕ کانٛہہ خدایا عبادتس

الۡعَزِیۡزُ الۡغَفَّارُ ط

لایق تس پٔزِس خدایس ورٲے یُس غلبہٕ چھُ پرٛتھ کُنہِ چیزس پیٹھ تہٕ یُس سٮ۪ٹھاہ بخشن ہار چھُ ۔

لَا اِلٰہَ اِلَّا اللّٰہُ الۡکَرِیۡمُ السَّتَّارُ ط

چھُنہٕ کانٛہہ خدایا، عبادتس لایق تس پٔزِس خدایس ورٲے یُس بے پناہ کرم تہٕ پردٕہ پوشی کرن وول چھُ ۔

لَا اِلٰہَ اِلَّا اللّٰہُ الۡکَبِیۡرُ الۡمُتَعَالُ ط

چھُنہٕ کانٛہہ عبادتس لایق تس پٔزِس خدایس ورٲے یُس سٮ۪ٹھاہ تھۆد تہٕ بۆڈ چھُ ۔

لَااِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ خَالِقُ الَّیْلِ وَ النَّهَارِ ط

چھُنہٕ کانٛہہ خدایا، عبادتس لایق تس پٔزِس خدایس ورأے یُس دوہہ تہٕ راتھ پأدٕ کرن وول چھُ۔

لَااِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ الْمَعْبُوْدُ بِكُلِّ مَكَانٍ ط

چھُنہٕ کانٛہہ خدایا، عبادتس لایق تس پٔزِس خدایس ورأے یَسنٛز عبادت پرٛتھ جایہِ چھےٚ کرنہٕ یوان۔

لَااِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ  الْمَذْكُوْرُ بِكُلِّ لِسَانٍ ط

چھُنہٕ کانٛہہ معبوٗ داہ، تس پٔزِس خدایس ورأے یُسند ذِکر پرٛتھ زبأنۍ پیٛٹھ چھُ۔

لَااِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ الْمَعْرُوْفُ بِكُلِّ اِحْسَانٍ ط

چھُنہٕ کانٛہہ معبوٗ داہ، تس پٔزِس خدایس ورأے یُس پننٮ۪و احسانوٚ ستۍ ٹاکارٕہ چھُ گژھان۔

لَااِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ كُلَّ يَوْمٍ هُوَ فِیْ شَأْنٍ ط

چھُنہٕ کانٛہہ معبوٗ داہ، تس پٔزِس خدایس ورأے یُس پرٛتھ وِزِ أکِس نٔوِس شانس منٛز نوٚن چھُ گژھان۔

لَااِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ اِیْمَانًام بِاللّٰهِ ط

چھُنہٕ کانٛہہ خدایا، تس پٔزِس خدایس ورأے عبادتس لایق۔ اقرار چھُس کران اَمہِ کتھِ ہُند تہٕ چھُس تسٕی

لَااِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ اَمَانًا مِّنَ اللّٰهِ ط

پیٛٹھ ایمان انان۔ چھُنہٕ کانٛہہ خدایا، عبادتس لایق تس پٔزِس خدایس ورأے تہٕ اَمہِ کتھِ ہُند اقرار چھُ

لَااِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ اَمَانَةً عِنْدَ اللّٰهِ ط

تسندی طرفٕہ اِمنٛج ضمانت۔ چھُنہٕ کانٛہہ معبوٗ داہ، تس پٔزِس خدایس ورأے تہٕ یہِ کتھ چھُسن تسنٛز امانت

لَااِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ وَلَا حَوْلَ وَلَا قُوَّةَ اِلَّا بِاللّٰهِ ط

زانان۔ چھُنہٕ کانٛہہ خدایا، تس پٔزِس خدایس ورأے عبادتس لایق۔ تٮ۪ھ کامیوٗنشِہِ بچنٕچ تہٕ رٕژ کامہِ

لَااِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ وَلَا نَعْبُدُ اِلَّا اِیَّاهُ ط

کرنُک توفیق چھُ سُے عطا کران۔ چھُنہٕ کانٛہہ خدایا، عبادتس لایق تس پٔزِس خدایس ورأے۔ تس

لَااِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ حَقًّاحَقًّا

| |
|---|
| ورأ ے چھِنہٕ أسی کأنسہِ ہنٛز عبادت کران۔چھُنہٕ کانٛہہ معبودِ برحق،لتس پزٕس خدالیس ورأ ے یہِ چھِ |

لَااِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ اِیْمَانًا وَّصِدْقًا

| |
|---|
| اکھٹا کارِ ہ تہٕ نٔز حقیقت۔چھُنہٕ کانٛہہ خدایا،عبادتس لایق لتس پزٕس خدالیس ورأ ے۔اَسہِ چھُ أتھی کتھِ |

لَااِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ تَعَبُّدًا وَّرِقًّا

| |
|---|
| پپٹھ پۆ زتہٕ ٹا کارِ ہ ایمان۔چھُنہٕ کانٛہہ عبادتس لایق،لتس پزٕس خدالیس ورأ ے۔تہٕ أسی چھِ تسٕندی |

لَااِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ تَلَطُّفًا وَّرِفُقًا

| |
|---|
| غلام تہٕ بندہ۔أسی چھِ اَمہِ کتھِ ہُند اقرار کران۔ چھُنہٕ کانٛہہ عبادتس لایق،لتس پزٕس خدالیس ورأ ے |

لَااِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ قَبْلَ كُلِّ شَیْءٍ

| |
|---|
| ۔یہِ کتھ چھِ وجہ تسٕندِ لطف وکرمٕچ تہٕ نرمی تہٕ مہربأنی ہنٛز ۔ چھُنہٕ کانٛہہ معبود برحق،لتس پزٕس خدالیس |

لَااِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ بَعْدَ كُلِّ شَیْءٍ

| |
|---|
| ورأ ے۔یسُنٛد پۆ زوجوٗ دسارِ وے برونہہ اوس۔چھُنہٕ کانٛہہ عبادتس لایق،لتس پزٕس خدالیس ورأ ے۔ |

لَااِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ یَبْقٰی رَبُّنَا

| |
|---|
| یلس سُند پۆ زوجود سورُے فناہ گژھنہٕ پتہٕ تہٕ آسہِ ۔ چھُنہٕ کانٛہہ معبود برحق،لتس پزٕس خدالیس ورأ ے۔ |

وَیَفْنٰی وَ یَمُوْتُ كُلُّ شَیْءٍ ط

| |
|---|
| یُس ہمیشہٕ آسہِ ،پرٛتھ کانٛہہ چیز اہ گژھِ فناہ۔تہٕ پرٛتھ کأنسہِ یییہِ موت،مگر سہُ آسہِ ہمیشہٕ تہٕ روزِتہٕ |

لَااِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ الْمَلِكُ الْحَقُّ الْمُبِیْنُ ط

| |
|---|
| ہمیشہٕ۔ چھُنہٕ کانٛہہ خدایا عبادتس لایق،لتس پزٕس خدالیس ورأ ے۔یُس یقیناً پۆ ز بادشاہ چھُ ۔ چھُنہٕ |

لَااِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ الْمَلِكُ الْحَقُّ الْیَقِیْنُ ط

| |
|---|
| کانٛہہ خدایا عبادتس لایق،لتس پزٕس خدالیس ورأ ے۔یسٕنٛز بادشأہی پزٕ،نٔز تہٕ ٹا کارِ ہ چھِ ۔ چھُنہٕ کانٛہہ |

لَااِلٰہَ اِلَّا اللّٰہُ الْعَلِّیُ الْعَظِیْمُ ط

معبود برحق، تس پٔزِس خدایس ورأے۔ یُس سہٹھاہ عظمت وول تہٕ تھۆدتہٕ بۆ ڈچھُ۔ چھُنہٕ کانٛہہ خدایا

لَااِلٰہَ اِلَّا اللّٰہُ الْحَلِیْمُ الْکَرِیْمُ ط

عبادتس لایق، تس پٔزِس خدایس ورأے۔ یُس سہٹھاہ بۆ رُدبارتہٕ بےٚ پناہ عفوٗ درگذرتہٕ کرم کرن وول

لَااِلٰہَ اِلَّا اللّٰہُ رَبُّ السَّمٰوٰتِ السَّبْعِ

چھُ۔ چھُنہٕ کانٛہہ خدایا عبادتس لایق، تس پٔزِس خدایس ورأے۔ یُس ستن آسمانن تہٕ عرش عظیمُک

وَ رَبُّ الْعَرْشِ الْعَظِیْمُ ط لَااِلٰہَ اِلَّا اللّٰہُ

پالن ہارتہٕ مأ لِک چھُ۔ چھُنہٕ کانٛہہ معبوٗد برحق، تس پٔزِس خدایس ورأے۔ یُس سارِوٕے کھوتہٕ

اَکْرَمُ الْاَکْرَمِیْنَ ط

زیادہ سخی تہٕ حدہ روس فضل وکرم تہٕ بخشش کرن وول چھُ۔

لَااِلٰہَ اِلَّا اللّٰہُ اَرْحَمُ الرَّاحِمِیْنَ ط

چھُنہٕ کانٛہہ معبوٗ داعبادتس لایق، تس پٔزِس خدایس ورأے۔ یُس سارِوٕے کھوتہٕ زیادہ مہربان تہٕ رحم

لَااِلٰہَ اِلَّا اللّٰہُ حَبِیْبُ التَّوَّابِیْنَ ط

کرن وول چھُ۔ چھُنہٕ کانٛہہ خدایا، عبادتس لایق، تس پٔزِس خدایس ورأے۔ یُس توبہٕ کرن والین

لَااِلٰہَ اِلَّا اللّٰہُ رَاحِمُ الْمَسَاکِیْنَ ط

ٹوٗٹھ چھُ تھاوان۔ چھُنہٕ کانٛہہ خدایا، عبادتس لایق، تس پٔزِس خدایس ورأے۔ یُس ننین تہٕ چھنین پیٹھ

لَااِلٰہَ اِلَّا اللّٰہُ ھَادِی الْمُضَلِّیْنَ

رحم کرن وول چھُ۔ چھُنہٕ کانٛہہ خدایا، عبادتس لایق تس پٔزِس خدایس ورأے۔ یُس وتہِ ڈٔلی متین سیٚز

لَا اِلٰہَ اِلَّا اللّٰہُ دَلِیْلُ الْحَائِرِیْنَ

وتھ ہاون وول چھُ۔ چھُنہٕ کانٛہہ خدایا، عبادتس لایق تس پٔزِس خدایس ورأے۔ یُس حأران تہٕ

لَا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ اَمَانُ الْخَائِفِيْنَ

| |
|---|
| پریشان لۆکن رہنمأیی کرن وول چھُ ۔ چھُنہٕ کانٛہہ معبودا،عبادتس لایق،تس ہٕزٕس خدالیس ورأے ۔ |

لَا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ

| |
|---|
| یُس خوف زدن امن تہٕ پناہ دِنہٕ وول چھُ ۔ چھُنہٕ کانٛہہ معبودا،عبادتس لایق تس ہٕزٕس خدالیس ورأے |

غِيَاثُ الْمُسْتَغِيْثِيْنَ

| |
|---|
| ۔یُس فریأد ٕبن ہُند فریاد بوزن وول چھُ ۔ |

لَا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ خَيْرُ النّٰصِرِيْنَ

| |
|---|
| چھُنہٕ کانٛہہ معبودا،عبادتس لایق تس ہٕزٕس خدالیس ورأے۔یُس سارِوٕے کھوتہٕ بہترین مددگار چھُ ۔ |

لَا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ خَيْرُ الْحٰفِظِيْنَ

| |
|---|
| چھُنہٕ کانٛہہ خدایا،عبادتس لایق تس معبوٗدِ برحقس ورأے۔یُس سارِوٕے کھوتہٕ بہترین حفاظت |

لَا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ خَيْرُ الْوَارِثِيْنَ

| |
|---|
| کرن وول چھُ ۔ چھُنہٕ کانٛہہ خدایا،عبادتس لایق تس معبوٗدِ برحقس ورأے۔یُس سارِوٕے کھوتہٕ |

لَا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ خَيْرُ الْحَاكِمِيْنَ

| |
|---|
| بہترین وأرِث چھُ ۔ چھُنہٕ کانٛہہ خدایا،عبادتس لایق تس ہٕزٕس خدالیس ورأے۔یُس سارِوٕے |

لَا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰه

| |
|---|
| کھوتہٕ بہترین حأکم چھُ ۔ چھُنہٕ کانٛہہ معبودا،عبادتس لایق تس معبوٗدِ برحقس ورأے۔یُس |

ُ خَيْرُ الرَّازِقِيْنَ

| |
|---|
| سارِوٕے کھوتہٕ بہترین رِزق عطا کرن وول چھُ ۔ |

لَا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ خَيْرُ الْفَاتِحِيْنَ

| |
|---|
| چھُنہٕ کانٛہہ خدایا،عبادتس لایق تس ہٕزٕس خدالیس ورأے۔یُس سارِوٕے کھوتہٕ بہترین نصرت عطا |

لَا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ خَیرُ الْغَافِرِینَ

کرن وول تہٕ وتہٕ کھولن وول چھُ ۔ چھُنہٕ کانٛہہ خدایا، عبادتس لایق تس پزٕس خدایس ورأے ۔ یُس

لَا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ خَیرُ الرَّاحِمِینَ

سارِوٕے کھوتہٕ بہترین بخشن ہار چھُ ۔ چھُنہٕ کانٛہہ معبودا، عبادتس لایق تس معبوٗدِ برحقس ورأے ۔

لَا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ وَحْدَهٗ وَصَدَقَ وَعْدَهٗ

یُس سارِوٕے کھوتہٕ بہترین رحم کرن وول چھُ ۔ چھُنہٕ کانٛہہ خدایا، عبادتس لایق تس پزٕس خدایس

وَ نَصَرَ عَبْدَهٗ وَ اَعَزَّ جُنْدَهٗ

ورأے ۔ یُس کُن تہٕ بےٚ مثل چھُ، تٔمۍ کوٚر پنٕنُن وعدہ پوٗرٕ ہ ۔ تٔمۍ کوٚر پننٕس بنٛدس (حضرت محمد صلی اللّٰہ

وَ هَزَمَ الْاَحْزَابَ وَحْدَهٗ وَلَاشَیْءَ بَعْدَهٗ

علیہ وسلمس) مدد تہٕ پننٕس لشکرس بخشن فتح تہٕ عزت تہٕ دیُتُن شکست کفر وشِرکہٕ چھن جمأژن ۔ تس

لَا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ اَهْلُ النِّعْمَةِ

ورأے چھُنہٕ کأنسہِ ہُند وجود ۔ چھُنہٕ کانٛہہ معبودا، عبادتس لایق تس معبودِ برحقس ورأے ۔ سُے چھُ

وَلَهُ الْفَضْلُ وَلَهُ الثَّنَآءُ الْحَسَنُ

تمام نعمتن ہُند مألِک ۔ سوٗرُے فضل وکرم چھُ تسٕندُے تہٕ بہترین ثنا تہٕ تعریف شوٗبن تٔسی ۔

لَا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ عَدَدَ خَلْقِهٖ وَزِنَةَ عَرْشِهٖ

عظمت وأ لِس یکتا خدایہِ سٕندِ مخلوقک یوٗت شُمار چھُ، یوٗت تٔمۍ سٕندِس عرشہٕ اعلیٰ ہٕس وزن چھُ، تس

وَرِضَاءَ نَفْسِهٖ وَمِدَادَ كَلِمَاتِهٖ

عظمت وأ لِی سٕنٛز رضا مندی ہٕندِس حدس تام تہٕ تٔمۍ سٕندٕ ن کلماتن ہٕنٛز گرٕنٛز برابر چھُس گوأ ہی دِوان زِ

لَا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ صَاحِبُ الْوَحْدَانِيَّةِ الْفِرْدَانِيَّةِ الْقَدِيْمِيَّةِ الْاَزَلِيَّةِ الْاَبَدِيَّةِ

چھُنہٕ کانٛہہ معبوٗد عبادتس لایق تس خدایہِ قدوٗسس ورأے ۔ بہٕ چھُس گوأ ہی دِوان زِ چھُنہٕ کانٛہہ خدایا

لَيُسَ لَهُ ضِدٌّ وَلَا نِدٌّ

| |
|---|
| عبادتس لایق تس عظمتہٕ وأٔلس پٔزِس خدایس ورأے، یُس پننس ذاتس تہٕ صفاتن منز یکتاتہٕ بے مثل |

وَلَا شِبُهٌ وَ لَاشَرِيُك

| |
|---|
| چھُ، یَس ہیوٚ کانٛہہ چھُنہ سہٕ چھُ کُن تہٕ لاشریک۔ |

لَا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ وَحُدَهُ لَا شَرِيُكَ

| |
|---|
| چھُنہٕ کانٛہہ معبودا عبادتس لایق تس معبوٗدِ برحقس ورأے۔ سہٕ چھُ کُن، تس چھُنہٕ کانٛہہ شریک، |

لَهُ لَهُ الُمُلُكُ وَلَهُ الُحَمُدُ يُحُيِيُ وَيُمِيُتُ

| |
|---|
| حکومت واقتدار چھِ تسٕنٛدی۔ سُے چھُ تعریفن لایق۔ سُے چھُ زندگی عطا کران تہٕ سُے چھُ ماران۔ |

وَهُوَ حَيٌّ لَّا يَمُوُتُ بِيَدِهِ الُخَيُرُ وَهُوَ

| |
|---|
| سہٕ چھُ سہٕ خدا ے یُس زندہ چھُ تس چھُنہٕ موت۔ تسندِس دستِ قدرتس منٛز چھُ خیر، ذٕرہ ذراتس پٹھ |

عَلٰى كُلِّ شَيُءٍ قَدِيُرٌ وَاِلَيُهِ الُمَصِيُرُ

| |
|---|
| چھُ سہٕ قدرتہٕ وول غأٔلِب۔ تہٕ تٔسی کُن چھُ پرٛتھ کأٔنسہٕ گژھُن۔ |

هُوَ الُاَوَّلُ وَالُاٰخِرُ وَالظَّاهِرُ وَالُبَاطِنُ

| |
|---|
| نہ چھُ تس برونہہ کینٛہہ، نہ چھُ تس پتہٕ کینٛہہ، ییٚلہِ نہٕ کینٛہہ اوس تیٚلہِ تہٕ اوس سُے، ییٚلہِ نہ کینٛہہ آسہِ تیٚلہِ |

وَهُوَ بِكُلِّ شَيُءٍ عَلِيُمٌ

| |
|---|
| تہٕ آسہِ سُے۔ سہٕ چھُ نوٚن تہٕ سُے چھُ أندری۔ تس چھُ ذٕرہ ذٔرک علِم۔ تٔمی سُنٛد علم چھُ پرٛتھ چیزس پٹھ |

لَيُسَ كَمِثُلِهِ شَيُءٌ وَهُوَ السَّمِيُعُ الُبَصِيُرُ ط

| |
|---|
| غالب تہٕ تٔہنٛدِ علمہٕ نٮ۪بر چھُنہٕ کانٛہہ ذرا۔ تس ہیوٚ چھُنہٕ کانٛہہ چیز اہ۔ سہٕ چھُ ہمیشہ بوزان تہٕ ہمیشہٕ |

حَسُبُنَا اللّٰهُ وَ نِعُمَ الُوَكِيُلُ

| |
|---|
| وُچھان۔ سہٕ خدا ے چھُ سانہِ خأطرٕ ہ کأفی۔ سہٕ چھُ بزرگ وبرتر۔ سُے چھُ بہترین کارساز، کیاہ |

نِعُمَ الُمَوُلٰی وَ نِعُمَ النَّصِیُرُ سه بار بخواند

بہترین آغاتہٕ مأ لک تہٕ کیا بہترین مددگار۔

ـ غُفُرَانَكَ رَبَّنَا وَاِلَیُكَ الُمَصِیُرُ ط

اے سانہِ پالن ہارخدایہِ ،أسی چھی ژےٚ مغفرت تہٕ بخشأیس منٛگان ۔تہٕ اَسہِ چھُ ژےٚ برونہہ کنہِ

اَللّٰهُمَّ لَا مَانِعَ لِمَا اَعُطَیُتَ وَلَا مُعُطِےَ لِمَا

حأضِر گژھن ۔اَے اللہ،یہِ کینژھاہٕ عطا کرکھ تتھ ہکِہٕ نہٕ کانٛہہ رکأوِتھ ۔تہٕ یہِ کینژھاہٕ عطا کرکھ نہٕ،

مَنَعُتَ وَلَا رَآدَّ لِمَا قَضَیُتَ

سہٕ ہکِہٕ نہٕ کانٛہہ دِتھ ۔یہِ کینژھاہٕ حکم کرکھ تتھ ہکِہٕ نہٕ کانٛہہ رُکأوِتھ پابنٛد کٔرِتھ ۔ کأنسہِ مالدارس تہٕ

وَلَا یَنُفَعُ ذَا الُجَدِّ مِنُكَ الُجَدُّ ط

مرتبہٕ وألِس ہکِہٕ نہٕ کانٛہہ مرتبہٕ تہٕ مال ژےٚ برونہہ کنہِ کانٛہہ فأیدہ واتہٕ نأوِتھ۔

سُبُحَانَ رَبِّیَ الُعَلِّی

مُنزّہ تہٕ پاک چھُ تمام عأبو نِشہِ سٔبٹھاہ تھدِ شانہٕ وول میون پالن ہار ربّ ۔سہٕ چھُ سارِوٕے کھوتہٕ

ِ الُاَعُلےَ الُوَهَّابِ ۲ مرتبه

تھۆد تہٕ بۆڈ ،تہٕ عطا کرن وول ۔پرٛتھ عأبہٕ تہٕ کمزوری نِش چھُ منزّہ تہٕ پاک سٔبٹھاہ تھدِ شانہٕ وول

سُبُحَانَ رَبِّےَ الُعَلِّیِ الُاَعُلَی

میون پالن ہار ربّ ۔سہٕ چھُ سٔبٹھاہ تھۆد تہٕ بۆڈ ۔سارِوٕے کھوتہٕ تھۆد تہٕ بۆڈ ،سٔبٹھاہ کرم تہٕ فضل

الُکَرِیُمِ الُوَهَّابِ یَا وَهَّابُ

کرُن ،عطا کرن وول ۔(اَے میانہِ ربہٕ مےٚ کرتہٕ پنہٕ نیوغأبی خزانومنٛزٕ عطاتہٕ مےٚ کرتہٕ

سُبُحٰنَكَ مَا عَبَدُ نٰكَ حَقَّ عِبَادَتِكَ

بخشش )۔(اَے سانہِ ربہٕ )ژٕ چھُکھ پرٛتھ عیبہٕ تہٕ کمزوری نِشہِ منزّہ تہٕ پاک اَسہِ ہیٚچ نہٕ چأنٛز ترٛتھ

سُبُحٰنَكَ مَا عَرَفُنٰكَ

عبادت کٕرِتھ، یِژھ ہ ژٕے شوٗبی۔(اَے میانہِ ربّہ )ژٕ چھُکھ منزّ ہ تہٕ پاک پرٛتھ عاٮ۪بہٕ تہٕ کمزوری نِشہِ۔

حَقَّ مَعُرِفَتِكَ

أسی ہیٚو کُھ نہٕ ژٕ تِتھِ کٔنن پرزناٲوِتھ۔یِتھِ کٔنن چاٲنی ذات پرزٕ ناونک حق چھُ۔(اَے سانہِ

سُبُحٰنَكَ مَا ذَكَرُنٰكَ حَقَّ ذِكُرِكَ

ربہ )......ژٕ چھُکھ منزّ ہ تہٕ پاک پرٛتھ عاٮ۪بہٕ تہٕ نقصہٕ نِشہِ۔اَسہِ کوٚ رنہٕ چون ذِکر تِتھٕ کٔنی یِتھٕ کٔنی ژٕ ژٕے

سُبُحٰنَكَ مَا شَكَرُنٰكَ حَقَّ شُكُرِكَ

شوٗبہِ ہی۔ (اَے میانہِ ربّہ )ژٕ چھُکھ منزّ ہ تہٕ پاک پرٛتھ عاٮ۪بہٕ تہٕ کمزوری نِشہِ۔اَسہِ کوٚ رنہٕ چون شُکر

سُبُحَانَ اللّٰهِ الُاَبَدِيّ الُاَبَدِ

تِتھٕ کٔنی، یِتھٕ کٔنی ژٕ ژٕے شوٗبہِ ہی۔منزّ ہ تہٕ پاک چھُ پرٛتھ عاٮ۪بہٕ تہٕ کمزوری نِش چھُ رب کریم یُس ہمیشہٕ

سُبُحَانَ اللّٰهِ الُوَاحِدِ الُاَحَدِ

ہمیشہٕ روزن وول چھُ۔ مُنزّ ہ تہٕ پاک چھُ پرٛتھ عاٮ۪بہٕ نِش خدایہِ قدوٗس۔یُس کُن تہٕ یکتا چھُ۔مُنزّ ہ

سُبُحَانَ اللّٰهِ الُفَرُدِ الصَّمَدِ

تہٕ پاک چھُ تمام عاٮ۪بوٕ نِش، عظمتہٕ وول خدا، یَس ہیوٗ کانٛہہ چھُنہٕ، یُس بےٚ نیاز چھُ۔تہٕ کانٛسہِ ہُند

سُبُحَانَ اللّٰهِ رَافِعِ السَّمٰوٰتِ بِغَيُرِ عَمَدٍ ط

محتاج چھُنہٕ۔ مُنزّ ہ تہٕ پاک چھُ ربّ کاینات پرٛتھ عاٮ۪بہٕ تہٕ کمزوری نِش۔ییٚمۍ آسمان بناٲوی تہٕ تھٕلنی تھمو

سُبُحَانَ اللّٰهِ الَّذِیُ لَمُ يَتَّخِذُ صَاحِبَةً وَّلَا وَلَداً ط

ورٲے۔مُنزّ ہ تہٕ پاک چھُ خداے قدوس پرٛتھ عاٮ۪بہٕ تہٕ کمزوری نِشہِ۔ییٚمۍ نہٕ کانٛہہ پنُن جورٕ بنووتہٕ نہ

سُبُحَانَ اللّٰهِ الَّذِیُ لَمُ يَلِدُ وَلَمُ يُولَدُ وَلَمُ يَكُنُ لَّهٗ كُفُواً اَحَدٌ سُبُحَانَ

کانٛہہ اولاد۔مُنزّ ہ تہٕ پاک چھُ عظمت وول خداے۔یُس نہ کانٛسہِ زاو تہٕ نہ زاوتس کانٛہہ۔سہٕ چھُ بے

الُمَلِكِ الُقُدُّوُسِ

مثل تہٕ یکتا۔ تس ہیوٗ چھُنہٕ کانٛہہ۔ مُنزّہ تہٕ پاک چھُ عظمت وول خداے پرٛتھ عاًبہٕ تہٕ نقصہٕ نِشہِ۔ سہٕ

سُبُحَانَ ذِی الُمُلُكِ

چھُ پوٚز بادشاہ، پاک تہٕ منزّہ پرٛتھ عاًبہٕ نِش۔ پاک تہٕ منزّہ چھِ خدایہٕ سٕنٛز ذات تمام عاًبو نِشہِ۔ سہٕ چھُ

وَ الُمَلَكُوُتِ

پرٛتھ دنیا ہُک ماًلِک تہٕ بادشاہ بامے سہٕ ظاہری دنیاًہس تن یا باًطنی دنیاہ۔ یہٕ دنیاًہس تن یا فرشتن ہُند دنیا

سُبُحَانَ ذِی الُعِزَّةِ وَ الُعَظُمَةِ

یا آخرتُک دنیا۔ پاک تہٕ مُنزّہ چھِ تس عظمتہٕ واًلس خدایہٕ سٕنٛز ذات تمام عاًبو نِشہِ، یس عزت وعظمتُک

وَالُقُدُرَةِ وَالُهَيُبَةِ وَ الُجَلَالِ وَالُجَمَالِ

ماًلِک چھُ یُس سبٹھاہ اختیارتہٕ قدرتہٕ وول چھُ۔ یُس سبٹھاہ دبدبہٕ وول چھُ۔ یس جلال وجمالُک

وَالُكَمَالِ وَالُبَقَاءِ وَ الثَّنَآءِ

ماًلِک چھُ، یُس صاحبِ کمال چھُ، یُس ہمیشہٕ روزٕوُن چھُ، یس تمام تعریفن لایق چھُ۔ یُس نورک تہٕ

وَالضِّيَآءِ وَالُآلَآءِ وَالنَّعُمَآءِ وَالُكِبُرِيَآءِ وَالُجَبُرُوُتِ ط

گاشُک آگر چھُ۔ یُس تمام نعمتن ہُند ماًلِک چھُ۔ یَس کبراًیی چھِ شوٗبان تہٕ یُس جاہ وجلال وعظمتُک

سُبُحٰنَ الُمَلِكِ الُحَيِّ الَّذِیُ

ماًلِک چھُ۔ پاک تہٕ مُنزّہ چھِ پرٛتھ عاًبہٕ تہٕ نقصہٕ نِش تسٕنٛز ذات یس اصل بادشاہ چھُ، یُس ہمیشگی ہُند

لَا يَنَامُ وَلَا يَمُوُتُ سُبُّوُحٌ قُدُّوُسٌ رَبُّنَا

ماًلِک چھُ یس نہ چھےٚ نٔندر تہٕ نہ موت۔ پاک تہٕ مُنزّہ چھِ پرٛتھ عاًبہٕ تہٕ نقصہٕ نِش تسٕنٛز ذات یُس

وَ رَبُّ الُمَلٰٓئِكَةِ وَالرُّوُحِ ط سُبُحَانَ اللّٰهِ

پالن ہار چھُ۔ ملایکن تہٕ جبریل امینؑ سُنٛد پالن ہار۔ پاک تہٕ مُنزّہ چھُ پرٛتھ عاًبہٕ تہٕ کمزوری نِش

وَالْحَمْدُ لِلّٰهِ وَ لَآ اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ وَاللّٰهُ اَكْبَرُ ط

خدا ے قدوس ٕسنٛز ذات ۔ سأری ثناشوٗ بن تٔسی ۔ تس ورأے چھُنہٕ کانٛہہ عبادتس لایق ۔ سہٕ چھُ

وَلَا حَوْلَ وَلَا قُوَّةَ اِلَّا بِاللّٰهِ الْعَلِيِّ الْعَظِيْمِ اَللّٰهُمَّ اَنْت

سارِوٕ ے کھوتہٕ تھوٚ دتہٕ بوٚ ڈ ۔ سُے چھُ توفیق بخشان تَیچھ کامیونٛشہِ بچنٛک تہٕ نیک کامہِ کرنٕچ ۔ اَے

اَلْمَلِكُ الْحَقُّ الَّذِیْ لَآ اِلٰهَ اِلَّا اَنْتَ یَا اَللّٰهُ

میانہِ خدایہِ ۔ ژٕ ے چھُکھ پوٚ ز بادشاہ ۔ ژٕ ے سِوا چھُنہٕ کانٛہہ عبادتس لایق ۔ اَے اللہ، یُس تمام حدوتہٕ

یَا رَحْمٰنُ یَا رَحِیْمُ یَا مَلِكُ

کوایفونٛشہِ بالا چھُ ۔ اَے سٮ۪ٹھاہ رحم کرن والہِ ۔ اَے نہایت مہربان خدایہِ ۔ اَے پزٕہ بادشاہ ٕسنٛز

یَا قُدُّوْسُ

حکومت ذرس ذرس پٮ۪ٹھ چھِ ۔ اَے پرٛتھ عأبہٕ تہٕ کمزوری نٛشہِ منزّہ تہٕ پاک خدایہِ ۔ اَے تمام سلامتی

یَا سَلَامُ یَا مُؤْمِنُ یَا مُهَیْمِنُ

ہندِ ماألکہٕ تہٕ، تمام عأبونٛشہِ منزّہ خدایہِ ۔ اَے امان تہٕ سکون عطا کرن والہِ ۔ اَے نگہبأنی کرن والہِ ۔

یَا عَزِیْزُ یَا جَبَّارُ یَا مُتَكَبِّرُ

اَے بےٚ پناہ غلبہٕ، قوت تہٕ عزتہٕ والہِ ۔ اَے زبردست عظمت تہٕ قوت والہِ ۔ اَے تھدِ تہٕ بڈٕ خدایہِ ۔

یَا خَالِقُ یَا بَارِئُ یَا مُصَوِّرِ

اَے پأدہ کرن والہِ ۔ اَے بناون والہِ تہٕ نابودس بود کرن والہِ ۔ اَے صوٗرژ تہٕ شکلہٕ بناون والہِ ۔ اَے

یَا غَفَّارُ یَا قَهَّارُ

سٮ۪ٹھاہ بخشن ہار تہٕ پردہ پوشی کرن والہِ خدایہِ ۔ اَے بے پناہ غأب خدایہِ ۔

یَا وَهَّابُ یَا رَزَّاقُ یَا فَتَّاحُ

اَے بےٚ حساب تہٕ أنتھٕ روٚس عطا کرن والہِ ۔ اَے روزی دِنہٕ والہِ ۔ اَے رحمتکی درواز مژراون

يَا عَلِيُمُ يَا قَابِضُ يَا بَاسِطُ

والہِ ۔اَے ذرہ ذرُک علم تھاون والہِ ۔اَے رکاون والہِ تۂ تنگیہ پأ دہ کرن والہِ ۔اَے تمام رحمتن تۂ

يَا خَافِضُ يَا رَافِعُ

نعمژن ہُند دَرکھولن والہِ ۔اَے تھزٕ رِپپٹھ بۆن دأ رِتھ دِنہٕ والہِ ۔اَے تھۆ دتُلن والہِ ،تھزٕ رعطا کرن

يَا مُعِزُّ يَا مُذِلُّ يَا سَمِيُعُ

والہِ ۔اَے عزت عطا کرن والہِ ۔اَے ذلیل کرن والہِ ۔اَے پڑٕتھ صداتۂ ندا بوزن والہِ ۔اَے

يَا بَصِيُرُ يَا حَكَمُ يَا عَدُلُ

پڑٕتھ کینژ ھاوُ چھن والہِ ۔اَے فیصلہٕ کرن والہِ ۔اَے انصاف کرن والہِ ۔اَے باریک بین تۂ تمام

يَا لَطِيُفُ يَا خَبِيُرُ

چھُپتھ معاملاتو نِشہِ وأقف خدایہِ ۔اَے تمام حالاتو تۂ کُلِ ذرہ ذراتو نِشہِ وأقف خدایہِ ۔اَے بردبار

يَا حَلِيُمُ يَا عَظِيُمُ يَا غَفُوُرُ

خدایہِ ۔اَے عظمتہٕ والہِ خدایہِ ۔اَے أنتھٕ رُوس مغفرت کرن والہِ ۔ اَے شکر کرن والین قدر

يَا شَكُوُرُ يَا عَلِيُّ يَا كَبِيُرُ

کرن والہِ تۂ رُت جزا دِنہٕ والہِ خدایہِ۔ اَے تھدِ شانہٕ والہِ خدایہِ ۔ اَے بزرگ و برتر خدایہِ ۔

يَاحَفِيُظُ يَا مُقِيُتُ يَاحَسِيُبُ

اَے ذرہ ذراتٕچ نگہبأنی کرن والہِ خدایہِ ۔اَے رزق عطا کرن والہِ ۔اَے حساب ہینہٕ والہِ ۔اَے

يَا جَلِيُلُ يَا كَرِيُمُ يَا رَقِيُبُ يَا مُجِيُب

بےٚ پناہ تھدِ شانہٕ والہِ ۔اَے سخی خدایہِ ۔اَے نگہبان خدایہ۔اَے فریاد بوزن والہِ تۂ دعا قبوٗل کرن

ُيَا وَاسِعُ يَا حَكِيُمُ يَا وَدُوُدُ

والہِ خدایہِ ۔ اَے وسیع قوت وقدرت والہِ اَے صاحبِ حکمت خدایہِ ۔اَے سٹھاہ محبت تۂ انعام

يَا مَجِيُدُ يَا بَاعِثُ يَا شَهِيُدُ

واکرام عطا کرن والہِ ۔ اَے تھدِ شانہٕ تہٕ عزتہٕ والہِ ۔اَے زندہ کرن والہِ ۔اَے حاظر وناظر خدایہِ

يَا حَقُّ يَا وَكِيُلُ يَا قَوِىُّ

۔اَے پزِ خدایہِ یسٕنز ذات کُنہِ ثبوٗتچ محتاج چھنہٕ ۔ اَے کارساز خدایہِ ۔اَے بےٚ پناہ قوتہٕ والہِ

يَا مَتِيُنُ يَا وَلِىُّ

خدایہِ ۔اَے مضبوط ترین وجودکی مالکِ ۔تہٕ بغیر محنت تمام معاملات انجام دِنہٕ والہِ خدایہِ ۔اَے مد

يَا حَمِيُدُ يَا مُحُصِىُ

دگار آقا۔ اَے تمام حمد وثناہن لایق خدایہِ ۔اَے زورٕ والہِ ،حساب تھاون والہِ تہٕ انہِ گٹہِ منٛزٕ ہ نبر

يَا مُبُدِئُ يَا مُعِيُدُ

کڈن والہِ خدایہِ ۔اَے پآدٕ ہ کرن والہِ ،عدمہٕ پیٹھٕ وجودس منٛز انن والہِ ۔اَے دُبارٕ پآدٕ ہ کرن

يَا مَحُيِىُ يَا مَمِيُتُ يَا حَىُّ يَا قَيُّوُمُ

والہِ ۔اَے زندہ کرن والہِ ۔اَے مارن والہِ ۔اَے ہمیشہٕ زندہ روزن والہِ ۔اَے لافأنی وجود حقیقی

يَا وَاجِدُ يَا مَاجِدُ يَا وَاحِدُ

کہِ مالکِ خدایہِ ۔اَے توانگر خدایہِ ۔اَے عظمت والہِ کرم کرن والہِ خدایہِ ۔اَے کُنہِ خدایہِ۔

يَا اَحَدُ يَا صَمَدُ يَا قَادِرُ يَا مُقُتَدِرُ

اَے یکتا خدایہِ ۔اَے بےٚ نیاز وبےٚ پرواہ خدایہِ ۔اَے قدرتہٕ والہِ خدایہِ ۔اَے صاحبِ اقتدارتہٕ

يَا مُقَدِّمُ يَامُؤَخِّرُ

عزت واقتدار عطا کرن والہِ خدایہِ ۔اَے برٛونہہ پکناون والہِ ۔اَے پتھ تھاون والہِ ۔اَے خدایہِ

يَا اَوَّلُ يَا اٰخِرُ يَاظَاهِرُ

یس برٛونہہ نہ کینٛہہ چھُ ۔۔اَے خدایہِ ییٚلہِ نہٕ کینٛہہ آسہِ ژٕ آسکھ۔ اَے خدایہِ یُس نوٚن چھُ اَے

يَا بَاطِنُ يَا وَالِيُ يَا مُتَعَالِيُ

خدایہِ یُس سارِوِ ے نِش پوشیدہ چھُ ۔اَے دۆن جہانن ہندِ حاکم تہٕ کارساز خدایہِ ۔اَے تھدِ

يَابَرُّ يَا تَوَّابُ

خدایہِ ۔اَے پۆز وتھ ہاون والہِ تہٕ احسان کرن والہِ خدایہِ ۔اَے توبہٕ کرنُک توفیق دِنہٕ والہِ توبہٕ قبول

يَا مُنعِمُ يَا مُنتَقِمُ

کرن والہِ خدایہِ ۔اَے نعمژ عطا کرن والہِ ۔اَے نافرمانن بدلہٕ ہینہٕ والہِ تہٕ سزا دِنہٕ والہِ خدایہِ

يَا عَفُوٌّ يَارَءُوفُ

۔اَے تمام خطا درگذر کرن والہِ خدایہِ ۔اَے أنتھ رۆس برُ دبار خدایہِ ۔

يَا مَالِكَ الُمُلُكِ يَاذَاالَجَلَالِ وَالُاِكُرَامِ يَا رَبُّ

اے کل جہانن ہندِ مأ لک خودایہِ ،اے عزت تہٕ بجرٕ کہِ مأ لک خودایہِ ،اے پألن ہار خودایہِ ،اے

يَا مُقُسِطُ يَا جَامِعُ يَا غَنِيٌّ يَا مَغُنِيُ

انصاف کرن والہِ خودایہِ ،اے روزِ محشرٕ سارنے سونبرن والہِ خودایہِ ،اے بے نیاز خودایہِ ،اے

يَا مُعُطِيُ يَا مَانِعُ يَا ضَآرُّ

عطا کرن والہِ خودایہِ ،اے رِزق تہ دولت نِش دُوٗر کرن والہِ خودایہِ ،اے ضرَ روا تناوَن والہِ

يَا نَافِعُ يَا نُوُرُ يَا هَادِيُ

خودایہِ ،اے گاشکہِ آ گرِ خودایہِ ،یُس پانہ روشن چھُ تہٕ روشن کرن وول چھُ ،اے سۆز وَتھ ہاوَن والہِ

يَا بَدِيُعُ يَا بَاقِيُ

خودایہِ ،اے کُنہِ نموٗنہٕ ورأ ئے ایجاد کرَن والہِ خودایہِ ،اے ہمیشہ ہمیشہ روزَن والہِ خودایہِ ،اے

يَا وَارِثُ يَا رَشِيُدُ يَا صَبُوُرُ يَاصَبُوُرُ

سانہِ وأرِث خودایہِ ،اے پۆز وَتھ ہاوَن والہِ خودایہِ ،اے آنتھٕ رۆس برُ دبار خودایہِ

يَا صَادِقُ يَا سَتَّارُ يَا مَنْ تَقَدَّسَ عَنِ الْاَشْبَاهِ ذَاتُهٗ وَ تَنَزَّهَ

اَے پزٕ خدایہِ ۔اَے پردہ پوش خدایہِ ۔سہٕ خدایسنٕز ذات تمام ہم سرونشہِ پاک چھِہ ۔یسٕندی صفات

عَنْ مُشَابَهَةِ الْاَمْثَالِ صِفَاتُهٗ وَيَامَنْ دَلَّتْ عَلٰى وَحْدَانِيَّتِهٖ اٰيٰتُهٗ

مشابہت چوٚتمام شکلونشہِ منزہ چھِہ ۔تسٕنز تمام نشأنی چھےٚ تسٕندِس کُن آسنس ٹاکارٕ ہ کران ۔تسٕندی

وَشَهِدَتْ بِرُبُوْبِيَّتِهٖ مَصْنُوْعَاتُهٗ وَاحِدٌ لَا مِنْ قِلَّةٍ

بنأوٕمتی تمام چیز چھِہ تسٕندِ پالن ہار آسنٕچ گوأہی دِوان ۔سہٕ چھُ کُن تہٕ ،اتھ چھنہٕ کانٛہہ کمی سبب تہٕ وجہ

وَّمَوْجُوْدٌ لَّا مِنْ عِلَّةٍ ط يَامَنْ هُوَ بِالْبِرِّ

سہٕ چھُ پانے موجود،تسٕند آسُن چھُنہٕ کُنہِ علتک تہٕ وجہک محتاج ۔سہٕ خدایُس پننیو رٕژروٕ کنٛ مشہور چھُ

مَعْرُوْفٌ وَّ بِالْاِحْسَانِ مَوْصُوْفٌ مَّعْرُوْفٌ بِلَا غَايَةٍ وَّ مَوْصُوْفٌ

تہٕ تمام بہتر یو تہٕ احسانوٕ کنٛ موصوف چھُ ۔تس چھنہٕ کانٛہہ انتہا تہٕ حد ۔سہٕ چھُ سارِوٕے برونہہ یعنی

بِلَانِهَايَةٍ اَوَّلٌ قَدِيْمٌ بِلَا اِبْتِدَآءٍ

قدیم بالذات یس نہ کانٛہہ ابتدا چھِہ ۔(سہٕ چھُ کُنہِ ابتداورأے اوّل تہٕ کُنہِ انتہاورأے إٓخر )۔

وَّاٰخِرٌ كَرِيْمٌ بِلَا اِنْتِهَآ ءٍ

تسٕنز ذاتِ کریم چھِہ سارِوٕے پوٚتُس مگر تسٕندس پوٚتُس آسنس چھُنہ کانٛہہ انتہا تہ حد ۔

وَّغَفَرَذُنُوْبَ الْمُذْنِبِيْنَ كَرَماً وَّحِلْماً يَامَنْ لَيْسَ كَمِثْلِهٖ شَئٌ وَهُوَ

سہٕ چھُ پننہِ بردبأری تہٕ کریمی سٕتی گونہگارن ہندی خطا بخشان ۔اَے سوذات یُس ہیوٚ کانٛہہ چھُنہٕ ۔سُے

السَّمِيْعُ الْبَصِيْرُ حَسْبُنَا اللّٰهُ وَنِعْمَ الْوَكِيْلُ

چھُ ہمیشہٕ پرٛتھ کأنسہِ ہُند داد بداد بوزن وول تہٕ وُچھن وول ۔سانہِ خأطرٕ ہ چھِہ خدایہِ کریم کأفی ۔سہٕ چھُ

نِعْمَ الْمَوْلٰى وَ نِعْمَ النَّصِيْرُ ط يَادَائِمًا بِلَا فَنَآءٍ

سون بہترین کارساز ۔سہٕ چھُ سون صاحب تہٕ سٕٹھاہ بہترین مددگار ۔اَے کُنہِ تہٕ فنأیی نشہِ مبرا ہمیشہٕ

وَّيَا قَآئِمًا بِلَا زَوَالٍ وَيَامُدَبِّرًام بِلَا وَزِيرٍ ط

| |
|---|
| روزن والہِ تہٕ کُنہِ زوالہٕ ورأے تمام کاینات کہِ رأ چھ درٕ ہتہٕ کانسہِ مُشیرس تہٕ وزیرس ورأے کاینات |

سَهِّلْ عَلَيْنَا وَعَلٰى وَالِدِيْنَا كُلَّ عَسِيرٍ ط

| |
|---|
| پکہٕ ناون والہِ ۔کرتہٕ سائنٕ تہٕ سانٛن مالیّن ماجن ہنٛز پرٛتھ سختی تہٕ مشکل آسان۔ بہٕ کتہٕ ہکہٕ چانٛنہِ تتھی ثنا |

لَآاُحْصِيْ ثَنَآءً عَلَيْكَ اَنْتَ كَمَآ اَثْنَيْتَ عَلٰى نَفْسِكَ

| |
|---|
| تہٕ تعریف کرِتھ تتھی ژٕ ےشوٗبہٕ نَے ۔تہٕ تتھی ژٕ ے پانس ثناتہٕ تعریف کرِتھ۔(ژٕ چھکھ پزٕ ی کٔنی تیُتھ تتھی |

عَزَّجَارُكَ وَجَلَّ ثَنَآؤُك

| |
|---|
| ژٕ ے پنٛنٕ تعریف کرِتھ )۔سُے چھُ عزتہٕ وول یُس چانٛس پناہس تہٕ سایس منٛز چھُ ۔چانٛنہ ثناتہٕ تعریف |

وَتَقَدَّسَتْ اَسْمَآءُكَ وَعَظَمَ شَانُكَ

| |
|---|
| چھِ پرٛتھ لحاظہٕ تھٔدی تہٕ بٔڈی ۔چانٛنہ ناو چھِ پاک تہٕ منزہ۔تمام عأبوتہٕ نوقصونشہِ ۔چانٛنہ شان چھےٚ تھٔز تہٕ |

وَلَااِلٰهَ غَيْرُكَ ط يَفْعَلُ اللّٰهُ مَايَشَآءُ بِقُدْرَتِهٖ ط

| |
|---|
| بٔڈ ۔ژٕ ے ورأے چھُنہٕ کانٛہہ عبادتس لایق۔ یہِ کینٛژھا خداے برحق یژھان چھُ تہٕ چھُ کران پنٛنہِ |

وَيَحْكُمُ مَا يُرِيْدُ بِعِزَّتِهٖ اَلَآ اِلَى اللّٰهِ تَصِيرُ الْاُمُوْرُط

| |
|---|
| قدرتہٕ سٟتی ۔تہٕ ییٚمہِ کتھِ ہُند اراد چھُ کران تمیُک حکم چھُ دِوان پنٛنہِ عزتہٕ تہٕ طاقتہٕ سٟتی ۔وارٕ ہٕ زیوٗ ،تمام |

كُلُّ شَيْءٍ هَالِكٌ اِلَّا وَجْهَهٗط

| |
|---|
| معاملات چھِ تٔسی کُن واپس گژھان۔کانٛہہ چیز اہ روزِہ نہٕ ۔ پرٛتھ کانٛہہ چیز چھُ فنا گژھن وول ۔روزِ |

لَهُ الْحُكْمُ وَ اِلَيْهِ تُرْجَعُوْنَ

| |
|---|
| صرف تٔسنٛز ذات۔حکم تہٕ حکومت چھِ صرف تٔسنٛزٕ ے۔تٔسی کُن چھُ سارِنٕے واپس واتُن ۔ سُے کریوٗ |

فَسَيَكْفِيْكَهُمُ اللّٰهُ وَهُوَ السَّمِيْعُ الْعَلِيْمُ ط

| |
|---|
| توہہِ کفالت دشمنن ہندِ شرٕ نشہِ ،تہٕ سُے چھُ پرٛتھ کینٛہہ بوزن وول تہٕ زانن وول۔ |

حَسُبُنَا اللّٰهُ وَ كَفٰى سَمِعَ اللّٰهُ لِمَنُ دَعَا

سون کارساز چھُ بس ربّ کریم تہٕ سُے چھُ سانہِ خاطرہ کأفی۔ خداے قدوُس چھُ پڑتھ کأنسہِ ہُند

لَيُسَ وَرَآءَ اللّٰهِ الُمُنُتَهٰى

منگن قبوٗل تھاوان۔کانٛہہ چھُنہٕ خدایہِ کریمس ورأے،یَس حاجات منگو تہٕ یُسند تمنا کرنہٕ یِیہِ۔

مَنِ اعُتَصَمَ بِاللّٰهِ نَجىٰ سُبُحَانَ مَن لَّمُ يَزَلُ رَبًّا رَّحِيُمًا وَّلَا يَزَالُ

یٖمی خداے روٹ تٔمی لوٚب تار۔پاک تہٕ منزہ چھےٚ تسنٛز ذات تمام عأبو نشہِ یُس ہمیشہٕ رحم کروُن پالن

كَرِيُمًا لَآاِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ

ہار چھُ تہٕ یُس ہمیشہٕ کرم تہٕ بخشش کروُن چھُ۔چھُنہٕ پزٕس خدایس ورأے کانٛہہ خدا یُس سٹھاہ

الُحَلِيُمُ الُكَرِيُمُ سُبُحَانَ اللّٰهِ وَتَبَارَكَ اللّٰهُ رَبُّ السَّمٰوٰتِ

بردبار تہٕ بخشن ہار چھُ۔سہُ چھُ تمام عأبو نشہِ پاک تہٕ سٹھاہ برکتہٕ وول۔ستن آسمانن تہٕ عرشہِ

السَّبُعِ وَ رَبُّ الُعَرُشِ الُعَظِيُمِ ط وَ الُحَمُدُ لِلّٰهِ رَبِّ الُعٰلَمِيُنَ

عظیمُک پالن ہار صاحب۔سأری حمد تہٕ ثناشوٚ بن تٔسی یُس عالمینن ہُند پالن ہار تہٕ مألِک چھُ۔

لَآ اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ وَحُدَهٗ لَا شَرِيُكَ لَهٗ

چھُنہٕ کانٛہہ خدا یا عبادتس لایق تس خدایس ورأے،سہُ چھُ کُن تہٕ تس چھُنہٕ کانٛہہ شریک۔سہُ معبوٗد

اِلٰهاً وَّاحِدً اَحَدًا صَمَدًا فَرُدًا وِّتُرًا حَيًّا

برحق یُس کُن چھُ،یَس ہیوٗ نہٕ کانٛہہ چھُ۔یُس بےٚ نیاز چھُ،یُس کُن چھُ تہٕ بے مثل چھُ۔ہمیشہٕ

قَيُّوُمًا دَائِمًا اَبَدًا ط لَّمُ يَتَّخِذُ صَاحِبَةً وَّلَا وَلَدًا وَّلَمُ يَكُنُ لَّهٗ شَرِيُكٌ

زندہ روزن وول۔یَس نہٕ کانٛہہ جورٕہ چھُ تہٕ نہ چھُس کانٛہہ اولاد۔تسنٛزِ بادشأہی منٛز چھُنہٕ کانٛہہ

فِى الُمُلُكِ وَلَمُ يَكُنُ لَّهٗ وَلِىٌّ مِّنَ الذُّلِّ وَ كَبِّرُهُ تَكُبِيُرًا ط

شریک۔سہُ چھُ تمام کمزوریو نشہِ پاک۔تس چھُنہٕ کانسہ حمایتی تہٕ مددگارٕہ سنٛز ضرورت۔کریوٗ زیادہ

اَللّٰہُ اَکْبَرُ حَسْبُنَا اللّٰہُ لِدِیْنِنَا

کھوتہٕ زیادٕہ تسندِ بجرُک تہٕ کبریأیی ہُند اظہارتہٕ بیان۔خداچھُ سارِوٕے کھوتہٕ تھوٗدتہٕ بوٗڈ۔سہٕ چھُ

حَسْبُنَا اللّٰہُ لِدُنْیَانَا حَسْبُنَااللّٰہُ لِمَا اَھَمَّنَا

سبٕھاہ کأفی سانٕہن دین کٮ۪ن معاملاتن منٛز۔سہٕ چھُ سبٕھاہ کأفی سانٕہن دنیا کٮ۪ن معاملاتن منٛز۔سہٕ چھُ

حَسْبُنَا اللّٰہُ لِمَنْم بَغٰی عَلَیْنَا

سبٕھاہ کأفی تتھ معاملس منٛز یُس اَسہِ پریشان کرِتہٕ فکرمند بناوِہ۔سہٕ چھُ سبٕھاہ کأفی تس شخصہٕ ہِنٛدِ

حَسْبُنَا اللّٰہُ لِمَنْ حَسَدَنَا حَسْبُنَا اللّٰہُ لِمَنْ کَادَنَا بِالسُّوْءِ

خأطرِ ہیُس اَسہِ پٮ۪ٹھ ظلم کرِ،سہٕ چھُ سبٕھاہ کأفی تس شخصہٕ ہِنٛدِ خأطرِ ہیُس اَسہِ ہٕتی حسد کرِ۔سہٕ چھُ سبٕھاہ

حَسْبُنَا اللّٰہُ عِنْدَ الْمَوْتِ حَسْبُنَا اللّٰہُ عِنْدَ الْقَبْرِ

کأفی تس شخصہٕ سندِ ہ خأطرِ ہیُس سانہِ باپت ناکارہ حرف سوچہِ۔سہٕ چھُ سبٕھاہ تہٕ کأفی سانہِ خأطرِ ہ موتہٕ

حَسْبُنَا اللّٰہُ عِنْدَ الْمَسَآئِلِ

وِزِ۔سہٕ چھُ سبٕھاہ تہٕ کأفی سانہِ خأطرِ ہ ییٚلہِ اَسہِ قبرِ منٛز پرٛژھ گأرلگہِ۔سہٕ چھُ سبٕھاہ کأفی سانہِ خأطرِ ہ

حَسْبُنَا اللّٰہُ عِنْدَ الصِّرَاطِ حَسْبُنَا اللّٰہُ عِنْدَ الْحِسَابِ

موت وحیات کیٚن مسلن منٛز۔سہٕ چھُ سبٕھاہ تہٕ کأفی سانہِ خأطرِ ہ ییٚلہِ پُلہِ صراطس ترُن آسہِ۔سہٕ چھُ

حَسْبُنَا اللّٰہُ عِنْدَ الْمِیْزَانِ

سبٕھاہ تہٕ کأفی سانہِ خأطرِ ہ محشرس منٛز حسابہٕ وِزِ۔سہٕ چھُ سبٕھاہ تہٕ کأفی سانہِ خأطرِ ہ نامۂ اعمال تولنہٕ وِزِ۔

حَسْبُنَا اللّٰہُ عِنْدَ الْجَنَّۃِ وَالنَّارِ

سہٕ چھُ سبٕھاہ تہٕ کأفی سانہِ خأطرِ ہ ییٚلہِ جنٕتُک تہٕ جہنمُک فأصلہٕ گڑھِ۔ (سہٕ ترٛاوِپٕنہٕ فضلہٕ ہٕتی اَسہِ

حَسْبُنَا اللّٰہُ عِنْدَ اللِّقَآءِ حَسْبِیَ اللّٰہُ الَّذِیْ

جنتس منٛز تہٕ موکلاوِنارِ جہنم نِشہِ )۔سہٕ چھُ سبٕھاہ تہٕ کأفی سانہِ خأطرِ ہ ییٚلہِ محشرس منٛز أسی تس بروٗنٛہہ کنہِ

لَّا اِلٰهَ اِلَّا هُوَ عَلَيۡهِ تَوَكَّلتُ وَاِلَيۡهِ اُنِيبُ

آسو۔ میانہِ خاطرٕ ہ چھُ بس خدائے قدوس سبٕحاناہ۔ یُس ورأ ے کانٛہہ معبوٗ د برحق چھُنہٕ۔ تسی پٔشرٕ م پٔنن

لَّا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ سُبۡحَانَ اللّٰهِ مَآ اَعۡظَمَ اللّٰهُ

پان تہٕ جان تہٕ تٔسی کُن کوٚرُم رجوع۔ چھُنہٕ کانٛہہ معبوٗ دا، عبادتس لایق تس معبود برحقس ورأ ے یُس

لَآ اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ

سبٕحاناہ منزہ تہٕ پاک چھُ تمام عأبو نِشہِ، سہٕ کوٚ تاہ تھوٚ دتہٕ بوٚ ڈ خدا چھُ۔ چھُنہٕ کانٛہہ معبوٗ دا، عبادتس لایق

سُبۡحَانَ اللّٰهِ مَا اَحۡلَمَ اللّٰهُ

تس پٔزِس خدایس ورأ ے یُس سبٕحاناہ منزہ تہٕ پاک چھُ تمام عأبو تہٕ کمزوریو نِشہِ، سہٕ کوٚ تاہ کرم کرن

لَآاِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ

وول چھُ۔ چھُنہٕ کانٛہہ معبوٗ دا، عبادتس لایق تس پٔزِس خدایس ورأ ے یُس سبٕحاناہ منزہ تہٕ پاک چھُ تمام

سُبۡحَان اللّٰهُ مَا اَكۡرَمَ اللّٰهُ ط لَّا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ وَحۡدَهٗ

عأبو نِشہِ، سہٕ کوٚ تاہ بوٚ ردبار خدائے چھُ۔ چھُنہٕ کانٛہہ معبوٗ دا، عبادتس لایق تس معبودِ برحقس ورأ ے یُس

لَا شَرِيۡكَ لَهٗ مُحَمَّدٌ رَّسُوۡلُ اللّٰهِ حَقًّا ط

کُن چھُ۔ یس نہٕ کانٛہہ شریک چھُ۔ ٹوٚٹھ نبی حضرتِ محمد مصطفےٰ صلی اللہ علیہ وسلم چھُ تسُنٛد پوٚ ز رسول

اَللّٰهُمَّ صَلِّ عَلٰى مُحَمَّدٍ كُلَّمَا ذَكَرَهُ الذَّاكِرُوۡنَ

۔اَے سانہِ خدایہِ دروٗ د تہٕ رحمت سوز ذاتِ اقدس نبی اکرم حضرت محمد صلی اللہ علیہ وسلمن پٔتھ ییٚلہِ

وَصَلِّ عَلٰى مُحَمَّدٍ كُلَّمَا غَفَلَ عَنۡ ذِكۡرِهِ الۡغٰفِلُوۡنَ

تِمن یاد کرن وأ لی یاد کرن۔ تہٕ سوز درود تہٕ سلام بر ذاتِ اقدس حضرت محمد صلی اللہ علیہ وسلم ییٚلہِ

رَضِيۡنَا بِاللّٰهِ تَعَالٰى رَبًّا

غأفِل تِمن یاد کرنہٕ نِشہِ غأفِل آسن۔ أسی چھِ رأضی تہٕ کوٚر قبوٗل وٕ ژھِ وأنجہِ اللہ تعالیٰ سُنٛد پالن ہار

وَّبِالْاِسْلَامِ دِیْنًا وَّبِمُحَمَّدٍ صَلَّے اللّٰہُ عَلَیْہِ وَسَلَّمَ نَبِیًّا وَّرَسُوْلًا ط

آسٕن۔اسلامُک دین برحق آسٕن، تہٕ ٹاٹھُس نبی حضرت محمدؐ سُند خدایہٕ قدوس سُند نبی تہٕ رسول

وَبِالْقُرْاٰنِ اِمَامًا وَّبِالْکَعْبَةِ قِبْلَةً

آسٕن۔بیٚیہِ گیہِ رأضی تہٕ کوٚر قبول وژھِوأنجہِ قرآن پاکُک وتہٕ ہاوُک تہٕ رہبر آسٕن۔کعبُک قبلہٕ

وَّبِالصَّلٰوةِ فَرِیْضَةً وَّبِالْمُوْمِنِیْنَ اِخْوَانًا وَّبِالصِّدِّیْقِ

آسٕن، نمازِ ہُند فرض آسٕن تہٕ تمام اہلِ ایمانن ہُند بأے بأے آسٕن۔تہٕ مون تہٕ زون وژھِوأنجہِ یارِ

وَبَالْفَارُوْقِ وَبِذِی النُّوْرَیْنِ وَ بِالْمُرْتَضٰے اَئِمَّةً ط

غار حضرت ابوبکر صدیق رضی اللہ تعالیٰ عنہ، حضرتِ فاروقِ اعظم رضی اللہ تعالیٰ عنہ، حضرتِ عثمان

رِضْوَانُ اللّٰہِ تَعَالٰی عَلَیْہِمْ اَجْمَعِیْنَ

ذالنورین رضی اللہ تعالیٰ عنہ تہٕ شاہِ ولایت حضرت علی مرتضیٰ رضی اللہ تعالیٰ عنہ سُند پیشوا آسٕن۔

مَرْحَباً بِالصَّبَاحِ الْجَدِیْدِ وَبِالْیَوْمِ السَّعِیْدِ وَبِالْمَلَکَیْنِ الْکَاتِبَیْنِ

خداے کریم ورحیم أسِنز تمن سارِنے رأضی۔ مبارک أسِنز نوٚ وصبح۔مبارک أسِنز نوِس دوہس،

الشَّاھِدَیْنِ الْعَادِلَیْنِ حَیًّا کُمَا اللّٰہُ تَعَالٰے

مبارک أسِنز نامۂ اعمال لیکھن والین دوٚن عادل تہٕ شاہد فرشتن، یعنی کرامن کاتبیناً۔ (اَے

فِیْ غُرَّةِ یَوْمِنَا ھٰذَا اکْتُبَا فِیْٓ اَوَّلِ صَحِیْفَتِنَا

فرشتو)۔اللہ تعالیٰ سِنز سلام أسِنز توہہِ پیٹھ۔تہٕ سانہِ أز کہِ دوہُکس نامۂ اعمالس گٔریوٚ آغاز۔شروع

بِسْمِ اللّٰہِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ

چھُس کران خدا صأب نہِ ناوہ ستی یُس سیٹھاہ مہربان تہٕ رحم کرن وول چھُ۔ ستی روٚزیوٚ گواہ۔تھ

وَاَشْھَدَا بِاَنَّا نَشْھَدُ اَنْ لَّا اِلٰہَ اِلَّا اللّٰہُ

کتھِ پیٹھ زِ أسی چھِ گوأہی دِوان زِ تس خداے پاکس ورأے چھُنہٕ کانْہہ عبادتس لایق۔

وَحُدَهٗ لَا شَرِيُكَ لَهٗ

سہٕ چھُ کُن تہٕ یکتا۔ تس چھُنہٕ کانٛہہ شریک۔ (نہ ذاتس منٛز تہٕ نہ صفاتن منٛز۔ نہ حقن منٛز تہٕ نہ اختیاراتن

وَ نَشُهَدُ اَنَّ مُحَمَّدًا عَبُدُهٗ وَرَسُوُلُهٗ

منٛز)۔ بیٚیہِ چھِ أسۍ گوٲہی دِوان زِ حضرت محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وسلم چھُ خداصأبُن خاص بندہ تہٕ

اَرُسَلَهٗ بِالُهُدٰى وَدِيُنِ الُحَقِّ

شٲچھ انن وول رسول۔ تٔمۍ سوٗز پنٛن نبی ہدایت یعنی قرآن پاک ہیتھ تہٕ پٔز دین ہیتھ۔ یُتھ سہٕ اتھ

لِيُظُهِرَهٗ عَلَى الدِّيُنِ كُلِّهٖ وَلَوُكَرِهَ الُمُشُرِكُوُنَ ط عَلىٰ هٰذِهِ الشَّهَادَةِ

تمام ایژٕن دینن پیٹھ غاأب کرِ۔ چاہے مشرک کوٗتاہ تہٕ ناخوش أسۍ تن۔ أسۍ چھِ أتھۍ شہادتس پیٹھ

نَحُيَا وَعَلَيُهَا نَمُوُتُ وَعَلَيُهَا نُبُعَثُ اِنُ شَاءَ اللّٰهُ تَعَالٰے اَعُوُذُ بِكَلِمَاتِ

زندہ تہٕ أتھۍ پیٹھ مروتہٕ تہٕ أتھۍ پیٹھ یمو بیٚیہِ زندہ کرنہٕ۔ اگر اللہ تعالیٰ ہن یوٚژھ۔ بہٕ چھُس اللہ

اللّٰهِ التَّامَّاتِ كُلِّهَا مِنُ شَرِّ مَا خَلَقَ ط بِسُمِ اللّٰهِ

تعالیٰ سٕندیو کامل تہٕ بےٚ عیب کلماتو سٟتۍ پناہ منگان مخلوقن ہٕندِ تمام شرٕ نِشہِ۔ بہٕ چھُس پناہ منگان اللہ

الُخَيُرِ الُاَسُمَاءِ بِسُمِ اللّٰهِ رَبِّ الُاَرُضِ

پاک سٕندِ ناوٕ سٟتی یُس تمام ناوو کھوتہٕ تھوٚد تہٕ بہترین چھُ۔ بہٕ چھُس تس عظمتہٕ وألِس خدایہٕ سٕندِ

وَ رَبِّ السَّمَاءِ بِسُمِ اللّٰهِ الَّذِىُ ل

ناوُک پناہ منگان یُس زمین وآسمانُک رچھن وول چھُ۔ بہٕ چھُس تس عظمتہٕ وألِس خدایہٕ سٕندِ

َا يَضُرُّ مَعَ اِسُمِهٖ شَئٌ فِىُ الُاَرُضِ وَلَا فِىُ السَّمَاءِ وَهُوَ السَّمِيُعُ الُعَلِيُمُ

ناوُک پناہ منگان ییٚمۍ سُند ناو ہیٚو أنی زمین وآسمانُک کانٛہہ چیز اہ تکلیف ہیکہِ نہٕ واتہٕ نأوِتھ۔ سہٕ چھُ

الُحَمُدُ لِلّٰهِ الَّذِىُ اَحُيَانَا بَعُدَ مَا اَمَاتَنَا

سورُے بوزن وول تہٕ زانن وول۔ سأری حمد تہٕ ثناشوٗبن تٔسۍ معبود برحقس ییٚمۍ أسۍ مرنہٕ پتہٕ زندہ

وَاِلَیۡهِ الۡبَعۡثُ وَ النُّشُوۡرُ ط

گٔری یعنی نٔنٕد رِنٛش بێدار گٔرِنی ۔اَسہِ چھُ تٔسۍ کُن دُبارٕہ گژھُن ۔ تہٕ مرنہٕ پتہٕ بێیہِ زندہ گژھُن ۔

اَصۡبَحۡنَا وَ اَصۡبَحَ الۡمُلۡكُ

أسۍ تہٕ سأرِے کاینات چھِ خدایہِ پاک سٕنٛز ۔سہٕ چھُ سون مأ لِک ۔اَسہِ پھۄل صبح تسنٛز بادشأہی تہٕ

لِلّٰهِ الۡعِزَّةُ وَالۡعَظۡمَةُ وَالۡكِبۡرِيَآءُ وَالۡجَبۡرُوۡتُ وَ السُّلۡطَانُ وَالۡبُرۡهَانُ لِلّٰهِ

ملکیٛژ منٛز ۔عزت ،بجر،تھز ر،غلبہٕ تہٕ اقتدار،حکومت تہٕ دلیل وحجت چھُ تسندی ۔تمام ظأہری تہٕ

وَالۡاٰلَآءُ وَالنَّعۡمَآءُ لِلّٰهِ وَاللَّيۡلُ وَالنَّهَارُ لِلّٰهِ وَمَا سَكَنَ فِيۡهِمَا لِلّٰهِ الۡوَاحِدِ

بأطنی نعمژ چھےٚ تسنٛز ے ۔رات تہٕ دوہ چھُ تسندُ ے ۔یہ کینٛژ ھارٕتس تہٕ دوہس منٛز چھُ سہٕ چھُ تٔسی

الۡقَهَّارِ ط اَصۡبَحۡنَا عَلٰى فِطۡرَةِ الۡاِسۡلَامِ

واحد و یکتا قوت وإٔلس خدایہِ سُند ۔اَسہِ پھۄل گاش تہٕ ؤتھی نٔنٕد رِاسلام کِس فطرتس پٮ۪ٹھ ۔بێیہِ

وَ كَلِمَةِ الۡاَخۡلَاصِ وَ عَلٰى دِيۡنِ نَبِيِّنَا مُحَمَّدٍ صَلَّى اللّٰهُ عَلَيۡهِ وَسَلَّمَ

پاک کرن وإٔلس کلمہٕ طیبس پٮ۪ٹھ ،بێیہِ ٹأٹھس نبی صأبنس دینس پٮ۪ٹھ ۔

وَعَلٰى مِلَّةِ اَبِيۡنَا اِبۡرٰهِيۡمَ حَنِيۡفًا مُّسۡلِمًا وَّمَا كَانَ مِنَ الۡمُشۡرِكِيۡنَ ط

تہٕ پنٕنس بب حضرت ابراہیم خلیل اللہؑ سٕندِس طریقس تہٕ ملّتس پٮ۪ٹھ ۔سہٕ اوس سکہٕ مسلمان تہٕ مشرکو

صَلَوَاتُ اللّٰهِ تَعَالٰى وَمَلٰٓئِكَتِهٖ وَ اَنۡبِيَائِهٖ وَرُسُلِهٖ

منٛزٕ اوس نہٕ ۔ درود وسلام أسۍ عظمت وإٔلس خدایہِ سٕندِ طرفہٕ تٔمۍ سٕندٕ ہن فرشتن تہٕ نبێن تہٕ رسولن ہندِ

وَحَمَلَةِ عَرۡشِهٖ وَجَمِيۡعِ خَلۡقِهٖ عَلٰى سَيِّدِنَا مُحَمَّدٍ وَّاٰلِهٖ

طرفہٕ حاملین عرش فرشتن تہٕ تمام مخلوقن ہندِ طرفہٕ سأنِس آغہٕ حضرتِ محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وسلم سٕندِس

وَاَصۡحَابِهٖ عَلَيۡهِ

ذاتِ اقدسس پٮ۪ٹھ تہٕ بێیہِ تہندٕ ہن اولادِ پاکن تہٕ اصحابِ طاہرینن پٮ۪ٹھ ۔

وَعَلَيۡهِمُ السَّلَامُ وَرَحۡمَةُ اللّٰهِ وَبَرَكَاتُهٗ ط

أ سنز تمن پبٹھ سلام تۂ خداصاأبنۂ تمام رحمۃ تۂ برکڑ گڑھنز تمن پبٹھ نأزِل۔

اَلصَّلٰوةُ وَالسَّلَامُ عَلَيۡكَ يَا رَسُوۡلُ اللّٰهِ

یارسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم درؤ دتۂ سلام أ سنز حض تُھندس ذاتِ اقدسس پبٹھ۔

اَلصَّلٰوةُ وَالسَّلَامُ عَلَيۡكَ يَا حَبِيۡبَ اللّٰهِ

اَے خدایہ ئِنڈ محبوبہ درؤ دتۂ سلام أ سنز حض تُھندس محبوب ذات پاکس پبٹھ۔

اَلصَّلٰوةُ وَالسَّلَامُ عَلَيۡكَ يَا خَلِيۡلَ اللّٰهِ ط

اَے خدایہ ئِنڈ دوستۂ درؤ دتۂ سلام أ سنز حض تُھندس ذاتِ نازنینس پبٹھ۔

اَلصَّلٰوةُ وَالسَّلَامُ عَلَيۡكَ يَا نَبِيَّ اللّٰهِ

اَے خدایہ ئِنڈ نبیہ درؤ دتۂ سلام أ سنز تُھندس پاک ذاتس پبٹھ۔

اَلصَّلٰوةُ وَ السَّلَامُ عَلَيۡكَ يَا صَفِيَّ اللّٰهِ ط

اَے خدایہ ئِنڈ ژأ رمۃ تھدِ شانۂ والہ درؤ دتۂ سلام أ سنز حض تُھندس ذاتِ اشرفس پبٹھ۔

اَلصَّلٰوةُ وَالسَّلَامُ عَلَيۡكَ يَا خَيۡرَ خَلۡقِ اللّٰهِ ط

اَے خدایہ ئِنڑ پیدأ یشہ منز سارؤ ے کھوتۂ تھدِ شانۂ والہ درؤ دتۂ سلام أ سنز حض تُھندس ذاتِ

اَلصَّلٰوةُ وَالسَّلَامُ عَلَيۡكَ يَا مِنِ اخۡتَارَهُ اللّٰهُ ط

عظمتس پبٹھ ۔ اَے خدایہ ئِنڈ پسندیدہ تۂ محبوبہ درؤ دتۂ سلام أ سنز حض تُھنڈس ذاتِ محبوبیس

اَلصَّلٰوةُ وَالسَّلَامُ عَلَيۡكَ يَامَنۡ اَرۡسَلَهُ اللّٰهُ ط

پبٹھ ۔اَے سہ یُس خدا ے پاکن تمام عالمین کُن سؤ زتُھندس ذاتِ رسالتس پبٹھ أ سنز درؤ دتۂ

اَلصَّلٰوةُ وَالسَّلَامُ عَلَيۡكَ يَا مَنۡ زَيَّنَهُ اللّٰهُ ط

سلام ۔اَے سہ لیس خدا ے پاکن شؤ ب بخش درؤ دتۂ سلام أ سنز حض تُھندس شؤ بہ وِنس ذاتِ

اَلصَّلٰوةُ وَالسَّلَامُ عَلَيْكَ يَامَنْ شَرَّفَهُ اللّٰهُ ط

اقدسس پٹھ ۔اَے سہُ لیس خداۓ قدوسن تھزرتۂ شرف عطا کوٚر درؤ دتۂ سلام اَسِنٛ حض تھندِس

اَلصَّلٰوةُ وَالسَّلَامُ عَلَيْكَ يَا مَنْ كَرَّمَهُ اللّٰهُ ط

ذاتِ اقدسس پٹھ ۔اَے سہُ لیس خداۓ پاکن معززتۂ مکرم بنوو درؤ دتۂ سلام اَسِنٛ حض تھندِس

اَلصَّلٰوةُ وَالسَّلَامُ عَلَيْكَ يَا مَنْ عَظَّمَهُ اللّٰهُ ط

عزتۂ وأٖلس ذاتِ مکرمس پٹھ ۔اَے سہُ لیس خداۓ قدوسن عظمت عطا کٔر درؤ دتۂ سلام اَسِنٛ حض

اَلصَّلٰوةُ وَالسَّلَامُ عَلَيْكَ يَا سَيِّدَ الْمُرْسَلِيْنَ

تھُندِس ذاتِ عزت مآبس پٹھ ۔ اَے تمام مرسلن ہندِ سردارِ ہ تمام درؤ دوسلام اَسِنٛ حض تھُندِس

الصَّلٰوةُ وَالسَّلَامُ عَلَيْكَ يَا اِمَامَ الْمُتَّقِيْنَ ط

ذاتِ رسالتس پٹھ ۔اَے پرہیزگارن ہندِ پیشوا درؤ دتۂ سلام اَسِنٛ حض تھُندِس ذاتِ پاکس پٹھ ۔

اَلصَّلٰوةُ وَ اَلسَّلَامُ عَلَيْكَ يَا خَاتَمَ النَّبِيِّيْنَ ط اَلصَّلٰوةُ وَالسَّلَامُ عَلَيْكَ

اَے خاتم النبین توہہِ پٹھ اَسِنٛ حض اَنتھٕ روٚس درؤ دتۂ سلام ۔ اَے گونہگارن روزِ محشر شفاعت

يَا شَفِيْعَ الْمُذْنِبِيْنَ سه بار

کرن والہِ درؤ دتۂ سلام اَسِنٛ حض تھُندِس ذاتِ شفاعت مآبس پٹھ ۔

اَلصَّلٰوةُ وَالسَّلَامُ عَلَيْكَ يَا رَسُوْلَ رَبِّ الْعَالَمِيْنَ ط

اَے عالمین پالن ہارٕ سندِ رسولہٕ اَسِن حض درود وسلام تھُندِس ذاتِ اقدسس پٹھ ۔

صَلَوَاتُ اللّٰهِ تَعَالٰى وَ مَلٰئِكَتِهٖ وَاَنْبِيَائِهٖ وَرُسُلِهٖ

درود وسلام اَسِنٛ عظمت وأٖلس خدایہٕ سندِ طرفہٕ تہٕ سندٕ ہن فرشتن تہٕ نبین تہٕ رسولن ہندِ طرفہٕ حاملین

وَحَمَلَةِ عَرْشِهٖ وَجَمِيْعِ خَلْقِهٖ عَلٰى سَيِّدِنَا مُحَمَّدِ

عرش فرشتن تہٕ تمام مخلوقن ہندِ طرفہٕ سأنس آغہٕ حضرتِ محمد مصطفٰی صلی اللہ علیہ وسلم سندِس ذاتِ

وَّ اٰلِهٖ وَاَصُحَابِهٖ عَلَيُهِ وَعَلَيُهِمُ السَّلَامُ وَرَحُمَةُ اللّٰهِ

اقدس پٺ تہ ٻنهي تهندن اولادِ پاڪن تہ اصحاب طاهرين پٺ ۔ اُنهن تمن پٺ سلام تہ خدا صاحبن

وَبَرَكَاتُهٗ ط اَللّٰهُمَّ صَلِّ عَلٰى سَيِّدِنَا مُحَمَّدِ

تمام رحمت تہ برڪت گهڻي تمن پٺ نازل ۔ اي مياڻہِ خدايہِ رحمت ڪرنازِل سائنس آغس حضرت

فِىُ الُاَوَّلِيُنَ وَصَلِّ عَلٰى سَيِدِنَا مُحَمَّدٍ فِىُ الُاٰخِرِيُنَ

محمد مصطفٰي صلى الله عليه وسلمن پٺ . گوڏنڪو منز تہ رحمت ڪرنازِل تهندس ذاتِ اقدس پٺ پٺميو

وَصَلِّ عَلٰى سَيِّدِنَا مُحَمَّدٍ فِىُ الُمَلَاالُاَعُلٰے اِلٰى يَوُمِ الدِّيُنِ وَصَلِّ عَلٰى

منزِ ۔ ٻنهي ڪر رحمت نازِل تمن پٺ ملاء اعلٰي هس منز، روزِ جزا هس تام ۔ ٻنهي ڪر رحمت نازِل تهندِس

سَيِدِنَا مُحَمَّدٍ فِىُ كُلِ وَقُتٍ وَّحِيُنٍ وَصَلِّ عَلٰى جَمِيُعِ الُاَنُبِيَاءِ

ذاتِ اقدس پٺ ۔ پرٿهه گرِ تہ پرٿهه ژهس پٺ رحمت ڪرنازِل تمام نبين تہ مرسلن پٺ ۔

وَالُمُرُسَلِيُنَ وَعَلٰى مَلٰٓئِكَتِكَ الُمُقَرَّبِيُنَ وَعَلٰى عِبَادِكَ الصّٰلِحِيُنَ وَعَلٰى

ٻنهي پننن مقرب فرشتن پٺ ۔ ٻنهي پننن صالح تہ نيڪو ڪار بندن پٺ ۔ تہ ٻنهي ڪر رحمت نازِل پننن تمام

اَهُلِ طَاعَتِكَ اَجُمَعِيُنَ وَارُحَمُنَا مَعَهُمُ بِرَحُمَتِكَ يَا اَرُحَمَ الرَّاحِمِيُنَ۔

فرمانبردار بندن پٺ ۔ اَسہِ پٺ ڪر رحم ۔ اَي سارِوي کھو تہ زيادِ رحم ڪرن والہِ ۔





# دعائے رقاب

بِسۡمِ اللّٰہِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِیۡمِ

شروع چھُس کراں خداصأبنہِ ناوٕ ستیٖ یُس سٹھاہ مہربان تہٕ رحم کرن وول چھُ۔

اَللّٰھُمَّ یَا مَالِكَ الرِّقَابِ وَ یَا مُفَتِّحَ الۡاَبۡوَابِ

اے سانہِ روبہٕ، اَے تمام زُوَن تہٕ جانن ہٕندِ مأ لک خدایہٕ تہٕ اے رٕحمتکی بَرمژ راوَن والہِ خدایہٕ،

وَیَا مُسَبِّبَ الۡاَسۡبَابِ ھَیِّٔ لَنَا سَبَبًا لَّا نَسۡتَطِیۡعُ لَهٗ طَلَبًا ط اَللّٰھُمَّ

اے سبب ساز خدایہٕ، تژ ھیأ ریاہ کرتہٕ اَسہِ یوس نہٕ اَسہِ منگنُک بُژ آسہِ ۔ تہٕ یوس نہٕ اسہِ زانٕہہ سورِ۔

اجۡعَلۡنَا مَشۡغُوۡلِیۡنَ بِاَمۡرِكَ اٰمِنِیۡنَ بِعَدۡلِكَ اٰئِسِیۡنَ مِنۡ خَلۡقِكَ

اَے سانہِ روبہٕ، اَسہِ تھاوتہٕ پنٕنہِ کامہِ ستیٖ آوٕر، بیٚیہٕ کرتہٕ پنٕنہِ عدلہٕ ستیٖ پُٹن اَمان عطا، پنٕنہِ مخلوقہٕ نِشہِ تھاو

اٰنِسِیۡنَ بِكَ مُسۡتَوۡحِشِیۡنَ عَنۡ غَیۡرِكَ

تہٕ دوٗرتہٕ بےٚ نیاز۔ تہٕ سون دِل پھِرتن پانس کُن۔ سانہِ ووٚمیزٕ متہٕ تھاوتہٕ مخلوقن ستیٖ وابستہٕ۔ یِم چأنیٚ

رَاضِیۡنَ بِقَضَآئِكَ صٰبِرِیۡنَ عَلٰی بَلَآئِكَ

چھِنہٕ تمن نِش تھاوتہٕ دوٗر۔ رأضی تھاوتتھ تقدیرس پٹھ یُس ژےٚ لیٚو کھُت۔ صبر کرتہٕ عطا پٕننہِ

قَانِعِیۡنَ لِعَطَائِكَ شٰكِرِیۡنَ لِنَعۡمَآئِكَ

آزمائیشن پٹھ، قناعت کرتہٕ عطا تمن نعمژن پٹھ یِم ژےٚ عطا کرٕتھ، شکرگذار بندہ بناوتہٕ تمن

مُتَلَذِّذِیۡنَ بِذِكۡرِكَ

نعمژن پٹھ یِم ژےٚ عطا کرٕتھ۔ اَسہِ کرٕتہٕ لذت، لطف تہٕ خوشی عطا پٕننس ذکرس منٛز۔ فرحت تہٕ

فَرِحِیۡنَ بِكِتَابِكَ

خوشی عطا۔ پنٕنہِ نأزِل کٔری مژٕ کتابِ قرآن پاکس منٛز (یعنی تمہِ کِس تلاوتس تہٕ ہدایتس منٛز)۔ بیٚیہٕ

مُنَاجِيْنَ بِكَ فِیْٓ اٰنَآءِ الَّيْلِ وَاَطْرَافِ النَّهَارِ

بناوتہٕ اَسہِ دوہہ تہٕ راتھ چاۓنی مناجات کرن وألی تہٕ ژے پننٕز زارونن وألی ۔روبہٕ اَسہِ متہٕ تھاو

مُبْغِضِيْنَ لِلدُّنْيَا وَمُحِبِّيْنَ لِلْاٰخِرَةِط مُشْتَاقِيْنَ اِلٰى لِقَآئِكَ مُتَوَجِّهِيْنَ

تہٕ دنیا ہس لور۔اَسہِ بناوتہٕ أخرتس ستۍ محبت کرن وألی ،چانہِ دیدارٕ کی مشتاق تہٕ چاۓنس ذاتہِ

اِلٰى جَنَابِكَ مُسْتَعِدِّيْنَ لِلْمَوْتِط رَبَّنَا وَاٰتِنَا

پاکس کُن کل تھاون وألی ۔ربہٕ اَسہِ تھاوتہٕ موت خأطرٕ ہ کمر بستہٕ ۔اَے سانہِ ربہ اَسہِ کرتہٕ عطاتہِ

مَا وَعَدْتَّنَا عَلٰى رُسُلِكَ

یِیمیُک وعدہ ژےٚ اَسہِ کوٚ رُتھ تھدِ شانہِ والین پیغمبرن ہندِ ذریعہِ ۔ربہٕ اَسہِ متہٕ کرتہٕ رسوا محشرس

وَلَا تُخْزِنَا يَوْمَ الْقِيٰمَةِ اِنَّكَ لَا تُخْلِفُ الْمِيْعَادَ ط اَللّٰهُمَّ اجْعَلِ التَّوْفِيْقَ

منٛز ۔بے شک چھُکھ نہٕ ژٕ پننہِ وعدہ ڈلان ۔اے سانہِ ربہٕ پننٕز عنایت بناوتن ساۓنی رفیق تہٕ اَسہِ

رَفِيْقَنَا وَالصِّرَاطَ الْمُسْتَقِيْمَ طَرِيْقَنَا اَللّٰهُمَّ اَوْصِلْنَا اِلٰى مَقَاصِدِنَا وَتُبْ

تھاوتہٕ سٕزٕ وتہِ پٔتھ ۔اے سانہِ روبہٕ اَسہِ کرتہٕ پننٕن مقصدن منٛز کامیاب ۔اَسہِ کُن کرتہٕ رحمتچ

عَلَيْنَا اِنَّكَ اَنْتَ التَّوَّابُ الرَّحِيْمُ

نظر،یِیٚہٕ کرتہٕ سون توبہٕ قبول ۔بیشک چھُکھ ژٕ سٮ۪ٹھاہ مہربان تہٕ توبہٕ قبول کرن وول ۔چانہِ

اَللّٰهُمَّ بِكَ اَصْبَحْنَا وَبِكَ اَمْسَيْنَا

پاک تہٕ عظمتہٕ والہِ ناوٕ ستۍ پھوٚل اَسہِ صبح تہٕ چاۓنس عظمتہٕ وألِس ناوس ستۍ ییہٕ شامُک وقت ۔

وَبِكَ نَحْيَا وَبِكَ نَمُوْتُ

أسی چھِ چاۓنسے تھٔدِس تہٕ بٔڈِس ناوَس پٔتھ زندہ تہٕ أتھی پٔتھ مروتہِ ۔اَسہِ چھُ ژے نِش واپس

وَاِلَيْكَ الْمَصِيْرُ اَللّٰهُمَّ ارْزُقْنَا لَذَّةَ النَّظَرِ اِلٰى وَجْهِكَ وَالشَّوْقَ اِلٰى

واتُن ۔اے سانہِ ربہٕ پننہِ عظمتہٕ والہِ رویُک دیدار کرتہٕ اَسہِ عطا۔یِیٚہٕ کرتہٕ اَسہِ پننہِ دیدارُک

لِقَآئِكَ اَللّٰهُمَّ اَرِنَا الُحَقَّ حَقًّا وَّارُزُقُنَا اتِّبَاعَهٗ ط

شوق عطا۔اَے سائنِ ربءِ پوِ زيۡزراوتن تءِ اَسِہ کرتءِ اتھ پٹھ پکنگ توفيق عطا۔بيۡہِ کرتن اپزنوّ ن

وَاَرِنَا الُبَاطِلَ بَاطِلًا وَّارُزُقُنَا اجُتِنَابَهٗ اَللّٰهُمَّ اَرِنَا حَقَآئِقَ الُاَشُيَآءِ

تءِ ٹاکارءِ تءِ اَمہِ نشہِ تھاوتءِ اَسِہ محفوظ۔اے سائنِ ربءِ،اَسِہ ہاوتءِ چیزن ہنز حقیقت یہِ کیڑ ھاتمہِ

كَمَاهِيَ تَوَفَّنَا مُسُلِمِيُنَ وَاَلُحِقُنَا بِالصّٰلِحِيُنَ

اصلس منز چھِ۔اَسِہ نِی زِ دنیاہ پٹھِ مسلمان آسئِنس حالتس منز۔بيۡہِ تھاواَسِہ شائِمل نیکن

وَادُفَعُ عَنَّا شَرَّالظّٰلِمِيُنَ وَشَارِكُنَا فِيُ دُعَآءِ الُمُؤْمِنِيُنَ

(صالحینن)منز۔اَسِہ تھاوتءِ ظالمن ہندِ شرِ نِش دوٗر۔بيۡہِ تھاوتءِ اَسِہ باایمانن ہندِن دعاہن منز

وَنَبِّهُنَا عَنُ نَوُمَةِ الُغٰفِلِيُنَ وَارُزُقُنَا شَفَاعَةَ

شائِمل۔اَسِہ وُزِ ہ ناوتءِ غفلت چہِ ننِد رِ نشہِ۔بيۡہِ کرتءِ عظمتءِ وأِ لس آغءِ تءِ امام المرسلین جناب

سَيِّدِ الُمُرُسَلِيُنَ وَادُخِلُنَا الُجَنَّةَ بِسَلَامٍ اٰمِنِيُنَ

احمد مجتبیٰ محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وسلم سنز شفاعت نصیب۔اَسِہ نتءِ جنتس منز سلامتی تءِ امنہِ سان۔

وَاحُشُرُنَا مَعَ الُمُتَّقِيُنَ وَخَلِّصُنَا مِنَ النَّارِ يَا مُجِيُرُ

بيۡہِ کرتءِ سون انجام نیکوکارن ستیۡ۔اَسِہ دِتءِ دوزخکی نارِ نشہِ نجات۔اے پناہ تءِ نجات عطا کرن

اَللّٰهُمَّ اغُفِرُ لِاُمَّةِ مُحَمَّدٍ صَلَّى اللّٰهُ عَلَيُهِ وَسَلَّمَ

والہِ رب کریمہِ۔اے سائنِ ربءِ۔سائِنس ٹاٹھس نبی حضرت محمد مصطفیٰؐ سندِ اُمتکی تمام خطاہ کر

اَللّٰهُمَّ ارُحَمُ اُمَّةَ مُحَمَّدٍ صَلَّى اللّٰهُ عَلَيُهِ وَسَلَّمَ

درگذر۔اے سائنِ کرم کرن والہِ ربءِ۔ٹاٹھس نبی حضرت محمد مصطفیٰؐ سندِس اُمتس پٹھ کرتءِ رحم۔

اَللّٰهُمَّ انُصُرُ اُمَّةَ مُحَمَّدٍ صَلَى اللّٰهُ عَلَيُهِ وَسَلَّمَ اَللّٰهُمَّ افُتَحُ لِاُمَّةَ مُحَمَّدٍ

اے سائنِ ربءِ ٹاٹھس نبی حضرت محمدؐ سندِس اُمتس کرتءِ پنُن مددتءِ فتح عطا۔

صَلَّى اللّٰهُ عَلَيۡهِ وَسَلَّمَ اَللّٰهُمَّ اَصۡلِحۡ اُمَّةَ مُحَمَّدٍ صَلَّى اللّٰهُ عَلَيۡهِ وَسَلَّمَ

اے ساںٖ ربہ سائنس ٹاٹھس نبی حضرت محمد مصطفیؐ ءِسندس اُمتس کرتہٖ فراخی تہٖ کشادگی عطا۔

اَللّٰهُمَّ فَرِّجۡ عَنۡ اُمَّةِ مُحَمَّدٍ صَلَّى اللّٰهُ عَلَيۡهِ وَسَلَّمَ اَللّٰهُمَّ كَرِّمۡ اُمَّةَ

اے ساںٖ سخی ربہ سائنس ٹاٹھس نبی حضرت محمدؐ ءِسندس امتس کرتہٖ رژر عطا۔ اے ساںٖ رفیق

مُحَمَّدٍ صَلَّى اللّٰهُ عَلَيۡهِ وَسَلَّمَ اَللّٰهُمَّ عَظِّمۡ اُمَّةَ مُحَمَّدٍ صَلَّى اللّٰهُ عَلَيۡهِ

ربہ، سائنس شفیق نبی حضرت محمدؐ ءِسندس اُمتس کرتہٖ تمام مشکلات دوٗر۔ اے ساںٖ ربہ۔ سائنس

وَسَلَّمَ اَللّٰهُمَّ تَجَاوَزۡ عَنۡ سَيِّئَاتِ اُمَّةِ مُحَمَّدٍ صَلَّى اللّٰهُ عَلَيۡهِ وَسَلَّمَ

ٹاٹھس نبی حضرت محمد مصطفیؐ ءِسندِ اُمتکو تمام خطاہ کردرگذر۔ اے ساںٖ ربہ۔

اَللّٰهُمَّ يَا حَبِيۡبَ التَّوَّابِيۡنَ تُبۡ عَلَيۡنَا وَ يَا آمَانَ الۡخَآئِفِيۡنَ اٰمِنَّا ط

اے توبہ کرن والین، ٹوٹھ تھاوٕن والہِ سأنٖ توبہ کرتہٖ قبول۔ اے خوف ذ دن امان عطا کرن والہِ

وَ يَادَلِيۡلَ الۡمُتَحَيِّرِيۡنَ دُلَّنَا

اَسہِ کرتہٖ امان عطا۔ اے رأےٖ متٕن وتھ ہاون والہِ اسہِ ہاوتہٖ سیٚز وَتھ۔ اے وتہٖ ڈٔلی متٕن وتھ

وَيَاهَادِىَ الۡمُضَلِّيۡنَ اِهۡدِنَا وَيَاغِيَاثَ الۡمُسۡتَغِيۡثِيۡنَ اَغِثۡنَا وَيَارَجَآءَ

ہاون والہِ اسہِ ہاوتہٖ ہداتیچ وتھ۔ اے فریادٕن ہٕندی فریاد بوزن والہِ اسہِ کرتہٖ دادرسی۔ اے نا

الۡمُنۡقَطِعِيۡنَ لَا تَقۡطَعۡ رَجَآءَ نَا وَيَارَاحِمَ الۡعَاصِيۡنَ

اُمیدن ہندی اُمیدن ہندی جاے پناہ، سأنٖ وومیذ ہمتہٖ کرتہٖ لڑھِ۔ اے گنہگارن پٔتھ رحم کرن

اِرۡحَمۡنَا وَ يَا غَافِرَ الۡمُذۡنِبِيۡنَ اغۡفِرۡلَنَا ذُنُوۡبَنَا ط وَ كَفِّرۡ عَنَّا سَيِّاٰتِنَا

والہِ اَسہِ پٔتھ کرتہٖ رحم۔ اے خطا کارن ہٕندِ بخشن ہار ربہ۔ اسہ کرتہٖ بخشأیش۔ سأنٖ سأری گوناہ

وَتَوَفَّنَا مَعَ الۡاَبۡرَارِط اَللّٰهُمَّ اغۡفِرۡ ذُنُوۡبَنَا

مٔساوتہٖ، تہٖ اَسہِ نِتہٖ دنیاہ منٛز نیکوکارن سٟتی۔ اے ساںٖ بخشن ہار ربہ۔ سإنٮن گنٛہن کرتہٖ بخشأیش۔

اَللّٰهُمَّ اسْتُرْعُيُوْبَنَا ط اَللّٰهُمَّ اشْرَحْ صُدُوْرَنَا

اے ساڻِ پردہ پوش ربَ۔ساڻن عيبن کي ستر ۾ پردہ۔اے ساڻِ ڪريم ربَ۔سائي سيني ۾ راوتِ

اَللّٰهُمَّ احْفَظْ قُلُوْبَنَاط

پنهنجِ محبت ۾ خاطِر ہ۔اے ساڻِ شفيق ربَ۔ساڻن دِلن کي حفاظت (تمام گُناهن ۽ وسوسن کِ )۔اے

اَللّٰهُمَّ نَوِّرْ قُبُوْرَنَا اَللّٰهُمَّ يَسِّرْ اُمُوْرَنَا

ساڻِ رحيم ربَ۔ساڻِ قبرہ کي تکھ روشن (پنهنجِ نورہ سان )۔اے ساڻِ رفيق ربَ اَسِ کي سهل ۽ آسان۔

اَللّٰهُمَّ حَصِّلْ مُرَادَنَا اَللّٰهُمَّ تَمِّمْ تَقَاصِيْرَ نَا

اے ساڻِ سخي ربَ۔سائي مُراد کي پوُرہ۔اے ساڻِ داتا ربَ،سائي تمام خطا ۽ تقصير منهِ ساوتِ۔

اَللّٰهُمَّ نَجِّنَا مِمَّا نَخَافُ يَا خَفِيَّ الْاَلْطَافِ

اے ساڻِ ربَ،اسِ رچھ ۾ تمو چيز ونشِ يمو سان أسي خوف زدہ چھِ گڙھان۔ ۽ ڇڱھ پوشيدہ پاڙھي

اَللّٰهُمَّ اغْفِرْلَنَا وَلِوَالِدَيْنَا

لطف وڪرم ڪرن وول۔اے ساڻِ بخشن هار ربَ،اسِ کي بخشائيش۔بيِّہ کي بخشائيش ساڻن مالڻن

وَلِمَشَائِخِنَا وَلِاُسْتَاذِيْنَا وَلِاَصْحَابِنَا وَلِعَشَآئِرِنَا

ماجين،بيِّہ ساڻن بزرگن،بيِّہ ساڻن استادن،بيِّہ ساڻن يارن ۽ دوستن،بيِّہ ساڻن رشتہ دارن

وَلِقَبَآئِلِنَا وَلِمَنْ لَهٗ حَقٌّ عَلَيْنَا

۽ انگ آشناون۔بيِّہ ساڻن قبيلہ دارن،بيِّہ ساڻن حق دارن بيِّہ سائنس ٹاڻھس نبي شفيع المذنبين

وَلِجَمِيْعِ اُمَّةِ مُحَمَّدٍ

رحمت اللعالمين حضرت احمد مجتبیٰ محمد مصطفیٰ صلی اللہ عليہ وسلم سندِس سارِی سے اُمتس،تہندِس عظمت

عَلَيْهِ الصَّلٰوةُ وَالسَّلَامُ

مآب ذات اقدسس پٹھ أسن خدائے قدوس سنز تمام رحمڑ ۽ سلامتی۔اے ساڻِ ڪريم ربَ۔اسِ

وَقِنَارَبَّنَا شَرَّمَا قَضَيْتَ وَقِنَارَبَّنَا عَذَابَ النَّارِ وَعَذَابَ الْقَبْرِ وَعَذَابَ

رڇھ پنهنجي فاصلي ڪيل شر کان بچاءِ ۽ رڇھ اسان کي جهنم جي عذاب کان، ۽ بچاءِ قبر جي عذاب کان، ۽ بچاءِ قيامت جي ڏينهن

يَوْمِ الْقِيٰمَةِ وَاحْشُرْنَا مَعَ الْمُتَّقِيْنَ وَالْاَبْرَارِط اَللّٰهُمَّ بِحُرْمَةِ هٰذِهِ

جي عذاب کان، اسان کي حشر ڪر ڏاهن نيڪوڪارن سان، اي اسان جا رب، هنن اورادِ فتحيه جي پاسي

الْاَوْرَادِ الْفَتْحِيَّةِ اِفْتَحْ لَنَا اَبْوَابَ الْعِنَايَاتِ وَالْكَرَامَاتِ وَوَفِّقْنَا

مٿان اوهان جا ساڻ خاطر عنايتن ۽ بخشش هُند دروازه، اسان کي توفيق عطا،

لِلطَّاعَاتِ وَالْعِبَادَاتِ وَاحْفَظْنَا مِنَ الْاٰفَاتِ وَالْبَلِيَّاتِ وَبَارِكْ لَنَا فِي

اطاعتن ۽ عبادتن، ۽ رڇھ ته اسان کي تمام آفاتن ۽ بلائن کان، ۽ برڪت ڪر ته هر ڳالهه ۾ اسان جي رزق،

الرِّزْقِ وَالْعُمْرِ وَالْحَسَنَاتِ ط اَللّٰهُمَّ احْفَظْنَا يَا فَيَّاضُ مِنْ جَمِيْعِ

ساڻ وانسه ۽ ساڻن رڙن ڪامنن، اي ساڻ ڪريم رب، اسان کي رڇھ ته، اي ڪريم ۽ سخي داتا، اسان

الْبَلَايَا وَالْاَمْرَاضِ

رڇھ ته تمام آزمائشن ۽ بلائن ۽ تمام بيمارين کان، رب ڪريم جي درود سلام اسان جي سنڌس بهترين

وَصَلَّى اللّٰهُ تَعَالٰى عَلٰى خَيْرِ خَلْقِهٖ مُحَمَّدٍ

مخلوق ختم مرتبت نبي اعظم ۽ آخر سائنس ٽاٿهس نبي ۽ شافع محشر، هادي اعظم، حضرت احمد مجتبيٰ محمد

وَّاٰلِهٖ وَاَصْحَابِهٖ اَجْمَعِيْنَ ـ

مصطفيٰ صلي الله عليه وسلم ۽ تهندن آل طاهرين ۽ اصحاب ڪاملين پٺ ـ



## دُرُود تاج

بِسۡمِ اللّٰہِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِیۡمِ

شروع چھُس کراں خداصأبنہِ ناوٕ ستیٚ یُس سٮ۪ٹھاہ مہربان تہٕ رحم کرن وول چھُ۔

اَللّٰھُمَّ صَلِّ عَلٰی سَیِّدِنَا وَمَوۡلَانَا مُحَمَّدٍ

اے سانہِ ربہٕ درود وسلام کرتہٕ نازل سأنِس سردارتہٕ آغہٕ حضرت احمد مجتبیٰ محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وسلم

صَاحِبِ التَّاجِ وَالۡمِعۡرَاجِ وَالۡبُرَاقِ

ہٕسِندس ذاتِ اقدس پٮ۪ٹھ۔ یِم صاحبِ تاج تہٕ صاحب معراج چھِ، یِمن براق تہٕ انبیاء ومرسلن تہٕ

وَالۡعَلَمِ، دَافِعِ الۡبَلَآءِ وَالۡوَبَآءِ وَالۡقَحۡطِ وَالۡمَرَضِ وَالۡاَلَمِ؛ اِسۡمُہٗ

عالمینن ہنٛز سردأری تہٕ رہنمأیی آیہِ عطا کرنہٕ۔ یِہندِ وسیلہٕ تمام بلایہ تہٕ وبا، قحط تہٕ مرض تہٕ غم چھِ دوٗر

مَکۡتُوۡبٌ مَّرۡفُوۡعٌ مَّشۡفُوۡعٌ مَّنۡقُوۡشٌ فِی اللَّوۡحِ وَالۡقَلَمِ؛

سپدان۔ یُہند نامِ نأمی عرشہِ اعلیٰ ہس پٮ۪ٹھ لٮ۪کھنہ آو۔ تہٕ یِمن تھز رآوعطا کرنہٕ۔ یِم شافع محشر چھِ تہٕ

سَیِّدِ الۡعَرَبِ وَالۡعَجَمِ؛ جِسۡمُہٗ مُقَدَّسٌ

یُہند نامِ نأمی نقش آو کرنہٕ لوحِ محفوٗظس تہٕ قلمس پٮ۪ٹھ۔ تِم چھِ عربٕکی تہٕ عجمٕکی سردار۔ تِہُند جسمِ مبارک

مُّعَطَّرٌ مُّطَہَّرٌ مُّنَوَّرٌ فِی الۡبَیۡتِ وَالۡحَرَمِ ؛

چھُ انتہأیی پاک، مشک ژھٹہٕ وُن، پاکیزہ، نٮ۪پہٕ نٮ۪پہٕ کرٕوُن تہٕ پرٕوتراون خانۂ کعبس تہٕ حرم پاکس

شَمۡسِ الضُّحٰی بَدۡرِ الدُّجٰی صَدۡرِ الۡعُلٰی نُوۡرِ الۡھُدٰی

منٛز۔ تِم چھِ کھسہٕ وُن آفتاب تہٕ سیاہ انہِ گٹہِ رأژ ہُنٛد نٮ۪پہٕ نٮ۪پہٕ کرٕوُن ماہتاب۔ تھز رس پٮ۪ٹھ فأیز۔

كَهْفِ الْوَرٰى مِصْبَاحِ الظُّلَمِ؛ جَمِيْلِ الشِّيَمِ؛

| |
|---|
| هدايتگ نوُر تہِ مخلوقن ھُند جايہِ پناه۔ انہِ گُتِس گاش۔ سٿاه خوبصوُرت تہِ مأرِ مندِ عادات و |

شَفِيْعِ الْاُمَمِ؛ صَاحِبِ الْجُوْدِ وَالْكَرَمِ؛

| |
|---|
| اطوارن ھندِ مالک۔ اُمتن شفاعت کرن وألی۔ تہُند وجودِ مقدس چھُ مجسمِ سخاوت، بخشش تہِ |

وَاللّٰهُ عَاصِمُهٗ؛ وَجِبْرِيْلُ خَادِمُهٗ؛ وَالْبُرَاقُ مَرْكَبُهٗ ـ وَالْمِعْرَاجُ سَفَرُهٗ ـ

| |
|---|
| مہربأنی۔ تہُند رأچھدر چھُ پانہٕ ربّ۔ حضرت جبرایلؑ چھُ تہُند خادم۔ براق چھِ تہنز سوأری تہِ معراج |

وَسِدْرَةُ الْمُنْتَهٰى مَقَامُهٗ ـ وَقَابَ قَوْسَيْنِ مَطْلُوْبُهٗ ـ وَالْمَطْلُوْبُ

| |
|---|
| چھُ تہُند سفر۔ سدرۃ المنتہیٰ چھُ تہُند مقام۔ تہنز چاہت چھِ قاب قوسین تہِ تہنز چاہت تہِ تہُند مقصد |

مَقْصُوْدُهٗ ـ وَالْمَقْصُوْدُ مَوْجُوْدُهٗ ـ سَيِّدِ الْمُرْسَلِيْنَ ـ خَاتِمِ النَّبِيِّيْنَ ـ

| |
|---|
| چھُ تمن حأصل۔ تم چھِ رسولن ہندِ سردار۔ خاتم النبین تہِ گنہگارن شفاعت کرن وألی۔ |

شَفِيْعِ الْمُذْنِبِيْنَ ـ اَنِيْسِ الْغَرِيْبِيْنَ ـ رَحْمَةً لِّلْعٰلَمِيْنَ ـ رَاحَةِ الْعَاشِقِيْنَ

| |
|---|
| نادارن تہِ مسأفرن ہندِ غمخوار۔ سارِنے عالمین ہندِ خأطرٕ رحمت تہِ عاشقن ہند بن دِلن ھُند قرار |

ـ مُرَادِ الْمُشْتَاقِيْنَ ـ شَمْسِ الْعَارِفِيْنَ ـ سِرَاجِ السَّالِكِيْنَ ـ مِصْبَاحِ

| |
|---|
| ،ژھانڈن والین ھُند مدعا تہِ مطلب، خداشناسن ھُند آفتاب تہِ سالکن ہُند گاش۔ مقربینن ھُند وتہِ |

الْمُقَرَّبِيْنَ ـ مُحِبِّ الْفُقَرَآءِ وَالْغُرَبَآءِ وَالْمَسَاكِيْنِ ـ سَيِّدِ الثَّقَلَيْنِ ـ

| |
|---|
| ہاوُک۔ محتاجن مسکینن تہِ نادارن ستی محبت کرن وول جنن تہِ انسانن ھُند آغہٕ، حرمینن ھُند نبی تہِ د |

نَبِيِّ الْحَرَمَيْنِ ـ اِمَامِ الْقِبْلَتَيْنِ، وَسِيْلَتِنَا فِى الدَّارَيْنِ ـ صَاحِبِ قَابَ

| |
|---|
| ون قبلن ھُند امام۔ تم چھِ دوشوٕنی عالمن منز سون وسیلہٕ، تم چھِ فأیز قابِ قوسینس پٹھ۔ |

قَوْسَيْنِ ـ مَحْبُوْبِ رَبِّ الْمَشْرِقَيْنِ وَالْمَغْرِبَيْنِ ـ

| |
|---|
| مشرقین ومغربینن ہندِس روبہٕ سُند محبوب۔ |

جَدِّ الْحَسَنِ وَالْحُسَيْنِ

حضرت زہراؑ سنڙن چشمن ھُند گاش ڈون شہزادن، جناب حسن مجتبیٰؑ تۂ امام عالی مقام حسینؑ شہید

مَوْلٰنَا وَمَوْلَى الثَّقَلَيْنِ اَبِى الْقَاسِمِ مُحَمَّدِ اِبْنِ

کربلاۂ سندِ جد پاک تۂ جنن تۂ انسانن ھُند آغۂ تۂ سردار۔ یعنی حضرت احمد مجتبیٰ محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ

عَبْدِاللّٰهِ نُوْرٍ مِّنْ نُّوْرِاللّٰهِ ۔

وسلم ابنِ عبداللہ یہنز کنیت ابوالقاسم چھےٚ ، چھِ خدایہٕ سندِ نورمنزٕ اکھ نور۔ رویہٕ ناز احمدِ مجتبیٰ محمد مصطفیٰ

يٰاَيُّهَا الْمُشْتَاقُوْنَ بِنُوْرِ جَمَالِهٖ

صلی اللہ علیہ وسلم کہِ نورٕ کہِ دید ارُک تمناہ تھاون والیوٚ تۂ اتھ ژھانڈن والیو سوزیوٚ درود وسلام تہندِس

صَلُّوْا عَلَيْهِ وَاٰلِهٖ وَ اَصْحَابِه

ذات اقدسس پیٹھ ۔ تہندِس آل مطہرس پیٹھ تۂ تہند ین صحابہ کاملین پیٹھ ۔ سوزیوٚ درود سلام یُس

وَسَلِّمُوْا تَسْلِيْمًا ۔

سوزنُک حق چھُ ۔



## اَوْرَادِ قَادِرِيَّه

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ

شروع چھُس کران خداصٲبنہٕ ناوٕ ستی ،یُس سبٕھاہ مہربان تہٕ رحم کرن وول چھُ۔

اَسْتَغْفِرُ اللّٰهِ الْعَظِيْم سه بار

توبہٕ چھُس کران ،مغفرت تہٕ بخشاٲیش چھُس منگان تمام گناہوٚنش عظمت وٲلِس بخشن ہار خداصٲبس۔

اَلَّذِیْ لَا اِلٰهَ اِلَّا هُوَ الْحَیُّ الْقَيُّوْمُ

تٔسی کُن چھُس رجوع کران تہٕ توبہٕ چھُس کران تمام گناہوٚنشہٕ تہٕ تٔسی چھُس مغفرت تہٕ بخشاٲیس منگان۔تس

وَاَتُوْبُ اِلَيْهِ وَاَسْاَلُهُ التَّوْبَةَ

خدایہٕ کریمس لیس ورٲے کانٛہہ خدایا چھُنہٕ عبادتس لایق۔سہٕ خدایہٕ کریم چھےٚ سوٚ ۂستی یُس ہمیشہٕ ٲس تہٕ

اَللّٰهُمَّ اَنْتَ السَّلَامُ وَمِنْكَ السَّلَامُ

ہمیشہٕ آسہِ۔اَے سانہِ روبہٕ،ژٕ ے چھُکھ سلامتی،ژٕ ے چھُکھ تمام سلامتی ہُند آگُر ،تمام سلامتی چھےٚ ژٕ ے

وَاِلَيْكَ يَرْجِعُ السَّلَامُ حَيِّنَا رَبَّنَا بِالسَّلَامِ وَاَدْخِلْنَا دَارَ السَّلَامِ

نِش نیران تہٕ ژٕ ے کُن پھیران۔اَے سانہِ روبہٕ،اَسہِ تھاوسلامتی سان زندہ تہٕ سلامتی ہندِس گرس یعنی

تَبَارَكْتَ رَبَّنَا وَتَعَالَيْتَ يَا ذَا لْجَلَالِ وَالْاِكْرَامِ

جنتس منٛز کرداٲخل۔اَے سانہِ روبہٕ،ژٕ چھُکھ برکت وول،تھدِ شانہٕ وول تہٕ تھز رُک،بجرُک تہٕ عزتُک

اَللّٰهُمَّ لَكَ الْحَمْدُ حَمْدًا يُّوَافِیْ نِعَمَكَ

مٲلک۔اَے روبہٕ تمام ثنا تہٕ تعریف شوٗبنے ژٕ ے۔چانٛی ثنا چھِ چانٛین نعمژن تہٕ نوٲزشن ہُر بر تہٕ ژر بر کران۔

وَيُكَافِیْ مَزِيْدَ كَرَمِكَ اَحْمَدُكَ

چانٛی ثنا تہٕ تعریف چھِ چانٛین عنایژن تہٕ مہربانٛین شوٗبان۔اَے میانہِ ربہٕ بہٕ چھُس چانٛس ثناہس منٛز سرشار

بِجَمِيۡعِ مَحَامِدِكَ مَاعَلِمۡتُ مِنۡهَاوَمَالَمۡ اَعۡلَمۡ وَعَلٰى

گژھِتھ چانیٚو تمام صفاتو تہٕ رژروٗستی چانی ثنا کران۔ بامےٚ یِمن صفاتن ہُند علم چھُ یا نہ چھُ۔ تہٕ چانی

جَمِيۡعِ نِعۡمِكَ مَا عَلِمۡتُ مِنۡهَا وَمَا لَمۡ اَعۡلَمۡ وَعَلٰى كُلِّ حَالٍ يَا

ثنا چھس کران چانین تمام نعمژن پیٹھ، چاہے مےٚ یِہنٛز خبر تہٕ علم چھُ یا نہ چھُ بہٕ چھُس پرٛتھ حالس منٛز

مُحَوِّلَ الۡاَحۡوَالِ حَوِّلۡ حَالَنَا اِلٰىٓ اَحۡسَنِ الۡحَالِ

چانین نعمژن تہٕ بخشائیشن ہُند شکر کران۔ اَے حالات بدلاون والِہ رٛوبہٕ کریمہٕ سأنی یوس حالت

بِحَقِّ اَفۡضَلِ الۡمَقَالِ o اَعُوۡذُ بِاللّٰهِ السَّمِيۡعِ الۡعَلِيۡمِ مِنَ الشَّيۡطٰنِ

چھِ یہِ بدلاو تہٕ پننیٚو بہترین فرمودن ہندی صدقہ۔ پناہ چھُ منٛگان کٔڈی متس شیطان سِندِ شرٕ تہٕ

الرَّجِيۡمِ بِسۡمِ اللّٰهِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِيۡمِ o

وسواس نِشہِ۔ شروع چھُس کران خدا صأب نِہ ناوٕ ستی۔ یُس سٕبٹھاہ مہربان تہٕ رحم کرن وول چھُ۔

اَلۡحَمۡدُ لِلّٰهِ رَبِّ الۡعَالَمِيۡنَ o

سأری حمد تہٕ ثنا چھِ خدایہِ کریم سِندِ خأطرہ یُس تمام کاینا تن ہند پالن ہار تہٕ رچھن وول چھُ۔

الرَّحۡمٰـنِ الرَّحِيۡمِ o مَالِكِ يَوۡمِ الدِّيۡنِ o

یُس سٕبٹھا رحم کرٕ وُن تہٕ بخشن ہار چھُ۔ یُس مأ لِک چھُ جزٕ ہکہِ دوٕ ہُک یِیمہِ دوٕ ہہ تمام انسانن تہنزن

اِيَّاكَ نَعۡبُدُ وَاِيَّاكَ نَسۡتَعِيۡنُ o

عملن ہُند بدلہٕ یِیہِ دِنہٕ۔ أسی چھِ چأنی عبادت کران تہٕ ژےٚ چھی مدد تہٕ استعانت منٛگان۔ اَے

اِهۡدِنَـــا الصِّرَاطَ الۡمُسۡتَقِيۡمَ o صِرَاطَ الَّذِيۡنَ اَنۡعَمۡتَ عَلَيۡهِمۡ غَيۡرِ

سانِہ رٛوبہٕ اَسہِ ہاو تہٕ سیٚز وَتھ۔ تِمن صاحبن ہنٛز وَتھ یِم ژےٚ پننیٚو انعاموٕ ستی ؤلی تھک۔ تہٕ یِمن

الۡمَغۡضُوۡبِ عَلَيۡهِمۡ وَلَا الضَّآلِّيۡنَ o اٰمِيۡنَ

ژےٚ پننٛز ژکھ ہاوٕ تھ نہٕ تہٕ نہ گوٕ ہکھ غضب ناک۔ یِم نہٕ وتہٕ ڈٔلی متی چھِ۔

وَ اِلٰهُكُمْ اِلٰهٌ وَاحِدٌ لَّآاِلٰهَ اِلَّا هُوَ الرَّحْمٰنُ الرَّحِيْمِ

| |
|---|
| تِہُند خداے چھُ اَکھ خدا، تیٚمس ورأے کانْہہ معبوٗدِ برحق چھُنہٕ۔ سہٕ چھُ سٮ۪ٹھاہ رحم کرن وول تہٕ |

اَللّٰهُ لَا اِلٰـهَ اِلَّا هُوَ الْحَیُّ الْقَیُّوْمُ

| |
|---|
| بخشن ہار۔ تسنٛز ذاتِ کریم چھہِ سوٗ ذات یوٚس ہمیشہٕ أس تہٕ ہمیشہٕ آسہِ۔ یُس سأری سے کاینٲتس پکہٕ |

لَا تَاْخُذُهٗ سِنَةٌ وَّلَا نَوْمٌ لَهٗ مَا فِی السَّمَاوَاتِ وَمَا فِی الْاَرْضِ مَنْ ذَا

| |
|---|
| ناوان چھُ۔ تس چھُنہٕ نہٕ فنک تہٕ نہٕ نٮ۪ندر۔ زمینس تہٕ آسمانن منٛز یہِ کینٛژھا چھُ سہٕ چھُ تسنٛدُ ے۔ چھا |

اَلَّذِیْ یَشْفَعُ عِنْدَهٗٓ اِلَّا بِاِذْنِهٖ یَعْلَمُ

| |
|---|
| کانْہہ، یُس تسنٛدِ اجازتہٕ ورأے تسنٛدِس دربارس منٛز سفأرِش ہیٚکہِ کٔرِتھ۔ سہٕ چھُ تہٕ سورُے زانان یہِ |

مَا بَیْنَ اَیْدِیْهِمْ وَمَا خَلْفَهُمْ وَلَا یُحِیْطُوْنَ بِشَیْءٍ مِّنْ عِلْمِهٖٓ

| |
|---|
| بنٛدن بروٚنہہ کنہِ چھُ، تہٕ تہٕ چھُ زانان یُس تِمن بروٚنہہ کنہِ چھُنہٕ۔ یہِ کینٛژھاسہٕ زانان چھُ، تہٕ زانہِ نہٕ |

اِلَّا بِمَا شَآءَ وَسِعَ كُرْسِیُّهُ السَّمَاوَاتِ وَالْاَرْضَ

| |
|---|
| کانْہہ اِلا، سہٕ بخشہٕ کانٛسہِ کُنہِ چیزُک علم۔ تسنٛز حکومت تہٕ اقتدار چھُ آسمانن تہٕ زمینس وٕلِتھ۔ تسنٛز نگرأنی |

وَلَا یَئُوْدُهٗ حِفْظُهُمَا وَهُوَ الْعَلِیُّ الْعَظِیْمُ o

| |
|---|
| تہٕ نگہبأنی چھنہٕ تس تھٔکراون واجٮ۪نٛز کأم۔ تہٕ سُے چھُ سٮ۪ٹھاہ تھوٚد تہٕ بوٚڈ، عظمتہٕ وول خدا۔ |

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ ۔

| |
|---|
| شروع چھُس کران خداصأبنہِ ناوٕ ستۍ، یُس سٮ۪ٹھاہ مہربان تہٕ رحم کرن وول چھُ۔ |

آلٓمّٓ o اَللّٰهُ لَا اِلٰـهَ

| |
|---|
| **"الم"**، چھُنہٕ کانْہہ خدایا عبادتس لایق تس معبودِ برحقس ورأے۔ سوٗ یٔز ذات یوٚس ہمیشہٕ أس تہٕ ہمیشہٕ |

اِلَّا هُوَ الْحَیُّ الْقَیُّوْمُo نَزَّلَ عَلَیْكَ الْكِتٰبَ

| |
|---|
| آسہِ۔ یُس سورُے نظامِ کاینات چھُ چلاوان۔ اَے ٹاٹھِ نبیؐ یہِ۔ تٔمۍ کٔر یہِ کتاب توہہِ پٮ۪ٹھ نأزِل یوٚس یٔز |

بِالْحَقِّ مُصَدِّقاً لِمَا بَيْنَ يَدَيْهِ

شۆچھ یۆتھ آمُت چھِ۔ یۆہے یس تصدیق چھُ کران تِمن کتابن ییم پتھ کالہٕ آیہ سوزنہٕ۔ یۆمہٕ قرآن پاک بر

وَاَنْزَلَ التَّوْرٰةَ وَالْاِنْجِيْلِ مِنْ قَبْلُ هُدًى لِّلنَّاسِ

ۆنہہ سوزٕ خدایہٕ قدوسن انسانن ہند ہدایتہٕ تہٕ رہنمأیی خأطرہ تورات تہٕ انجیل۔ یۆہے گٔرن سو کھوٚٹ

وَاَنْزَلَ الْفُرْقَانَ o شَهِدَ اللّٰهُ اَنَّهٗ

نازل (یوس پٔزِس تہٕ اپزِس درمیان فرق ہاوِ)۔ خدایہٕ کریم چھُ پانہٕ امہِ کتھِ ہنٛز گوأہی دِوان زِ تس

لَا اِلٰهَ اِلَّا هُوَ وَالْمَلٰئِكَةُ وَاُوْلُوا الْعِلْمِ قَآئِمًا بِالْقِسْطِ

ورأے چھُنہٕ کانٛہہ خدا معبودِ برحق۔ یۆہے چھِ تِمٕ سٕندی فرشتہٕ تہٕ علمہ وألی پزرہ تہٕ انصافہٕ سان اَتھ کتھِ

لَا اِلٰهَ اِلَّا هُوَ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمِ o وَ نَحْنُ نَشْهَدُ

پٮ۪ٹھ گواہ زِ تس سٮ۪ٹھاہ طاقتہٕ تہٕ قدرتہٕ وأل‌س حکیمس ورأے چھُنہٕ کانٛہہ معبود برحق۔ تہٕ أسی چھِ اتھ پٮ۪ٹھ

بِمَا شَهِدَ اللّٰهُ بِهٖ وَ نَسْتَوْدِعُ اللّٰهَ عَلٰى هٰذِهِ الشَّهَادَةَ

کتھِ پٮ۪ٹھ شأہد۔ تتھ پٮ۪ٹھ خدایے قدوس شأہد چھُ۔ تہٕ أسی چھِ پننٛز گوأہی خدایہٕ قدوسہٕ سٕنٛزِ نگرأنی منٛز

وَهِيَ لَنَا عِنْدَ اللّٰه تَعَالٰى وَدِيْعَةٌ اِنَّ الدِّيْنَ عِنْدَ اللّٰهِ الْاِسْلَامُ

دِوان۔ اسہِ نِش چھےٚ یہ شہادت خدایہٕ سُند امانتھ۔ بے شک چھُ خدایہٕ رحیم وکریمس نِش دین (زندگی

قُلِ اللّٰهُمَّ مٰلِكَ الْمُلْكِ

ہُند نظامِ) صرف اسلام۔ ۆنیوٚ اَے سانہِ خدایہ۔ یُس مُلکُک یعنی کاینا تُک مألِک چھُ، ژٕ یَس

تُوْتِيُ الْمُلْكَ مِمَّنْ تَشَآءُ وَ تَنْزِعُ الْمُلْكَ مِمَّنْ تَشَآءُ وَتُعِزُّمَنْ تَشَآءُ

یژھکھ تس کرکھ عطا حکومت۔ تہٕ یس یژھکھ تس نِکھ حکومت۔ یَس یژھکھ تس بخشکھ عزت، تہٕ یس

وَتُذِلُّ مَنْ تَشَآءُ بِيَدِكَ الْخَيْرُ

یژھکھ سہٕ کرہٕ‌ن ذلیل تہٕ خوار۔ سورے چھُ چأنس دستِ قدرتس منٛز۔ بے شک چھےٚ ژٕ ےٚ پرٛتھ

اِنَّكَ عَلٰى كُلِّ شَیْءٍ قَدِیْرٌ تُوْلِجُ الَّیْلَ فِی النَّهَارِ وَتُوْلِجُ النَّهَارَ فِی

چیزس پیٹھ قدرتھ۔ سہٕ تھوٚ دتہٕ بوٚ ڈ خداچھُ رات کڈان دوہہ منٛزہ تہٕ دوہ کڈان رآژ منٛزٕ۔

الَّیْلِ وَتُخْرِجُ الْحَیَّ مِنَ الْمَیِّتِ وَتُخْرِجُ الْمَیِّتَ مِنَ الْحَیِّ وَتَرْزُقُ مَنْ

بیٚیہِ چھُ کڈان بےٚ جانہٕ منٛز جاندار تہٕ جاندار منٛزٕ بےٚ جان۔ بیٚیہِ چھُ أنتھٕ روٚس رزق عطا کران یَس

تَشَآءُ بِغَیْرِ حِسَابٍ o اَللّٰهُمَّ اَرِنَا لِقَآكَ الْكَرِیْمِ

یژھِ تہٕ تَس۔ اے سانہِ کریم خدایہِ۔ اَسہِ کر عطا پنُٕن تھوٚ دتہٕ رُت ملاقاتھ۔ اَے سانہِ عظمت والہِ خدایہِ،

بِلَا حِسَابٍ وَّلَا عَذَابٍ سُبْحٰنَ اللّٰهِ

اَسہِ متہٕ ہیٚتہٕ حساب تہٕ نہ مہٕ تراوپنُٕن عذاب اَسہِ پیٹھ پاک تہٕ مُنٛزہ چھُ خداے ذالجلال تمام عائبو تہٕ نوقصو

وَالْحَمْدُ لِلّٰهِ وَلَا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ

نِشہ۔ بیٚیہِ چھِ سأری تعریف تہٕ ثنا خدایہِ کریم سِندِ خأطرہ بیٚیہِ چھُنہٕ کانٛہہ خدایا عبادتس لایق تس عظمتہٕ

وَاللّٰهُ اَكْبَرُ مِنْ كُلِّ كَبِیْرٍ

وأیس خدایس ورأے۔ سہٕ چھُ سارِوے کھوتہٕ تھوٚ دتہٕ بوٚ ڈ۔ تمام تھزٕ روالین منٛز چھُ سُے تھوٚ دتہٕ

اِنَّ اللّٰهَ وَمَلٰٓئِكَتَهٗ یُصَلُّوْنَ عَلَى النَّبِیِّ

بوٚ ڈ۔ پزٕی کٔنی چھُ خداصأب تہٕ تٔسندی فرشتہٕ درود سوزان حضرت ختمی مرتبت احمد مجتبیٰ محمد مصطفیٰ صلی اللہ

یَا اَیُّهَا الَّذِیْنَ آمَنُوْا صَلُّوْا عَلَیْهِ وَسَلِّمُوْا تَسْلِیْمًا o

علیہ وسلمن پیٹھ۔ اے ایمانہٕ والیو سوزیوٚ درود تہٕ سلام تس عظمت وأیس نبی صأبنس ذاتِ اقدسس

اَللّٰهُمَّ صَلِّ عَلٰى سَیِّدِنَا مُحَمَّدٍ

پیٹھ۔ اے سانہِ عظمتہٕ والہِ خدایہِ سوز درود سلام سأنس سردار حضرت احمد مجتبیٰ محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ

عَبْدِكَ وَحَبِیْبِكَ وَنَبِیِّكَ وَرَسُوْلِكَ النَّبِیِّ الْاُمِّیِّ

وسلمن پیٹھ، یُس چون بندۂ خاص تہٕ چون ٹوٹھ تہٕ چون نبی چھُ۔ بیٚیہِ یُس چون اُمی رسول تہٕ نبی چھُ۔

وَعَلٰی اٰلِہٖ وَاَصُحَابِہٖ وَبَارِكُ وَسَلِّمُ عَلَیُھِمُ

| |
|---|
| بیٖہِ سوز درود تہٕ سلام تہندِس پاک آلس تہٕ تہندٖن صحابہ صائبن پٹھ ـ بیٖہِ سوز تمن پٹھ برکت تہٕ سلام |

رَضِیَ اللّٰہُ تَعَالٰی عَنُ اٰلِ رَسُوُلِ اللّٰہِ وَاَصُحَابِہٖ اَجُمَعِیُنَ

| |
|---|
| ـ اے عظمتہٕ والہِ خدایہِ قدوسہٕ رأضی روز حضرت نبیؐ صأبٖنس پاک آلس نِش ـ بیٖہِ تہندٖن تمام |

وَعَنِ التَّابِعِیُنَ وَتبَعَ التَّابِعِیُنَ لَھُمُ بِاِحُسَانٍ

| |
|---|
| صحاب صائبن نِش ـ بیٖہِ تمام تابعین عظامن تہٕ تبع تابعینن نِش ـ یُہند احسان سأرِسے اُمتس پٹھ |

اِلٰی یَوُمِ الدِّیُنِ وَعَنُ سَیِّدِنَا وَمَوُلٰینَا وَحَامِیُنَا وَمُرُشِدِنَا اَلشَّیُخ مُحِیِ

| |
|---|
| قیامت کِس دوہس تام چھُ ـ بیٖہِ سِپن رأضی سأنِس سردار بیٖہِ سأنِس آغہٕ تہٕ سأنِس مددگار تہٕ مرشد |

الدِّیُنِ اَبِیُ مُحَمَّدِنِ السَّیِدِ عَبُدِالُقَادِرِ الُجِیُلَانِی اَلُمَکِیُنِ الُاَمِیُنِ

| |
|---|
| پاک حضرتِ شیخ محی الدین سید عبدالقادر جیلانیؒ یَس یم سٕبٹھاہ تھٔدی مرتبہٕ وألی تہٕ امانت دار چھِ ـ اے |

رَبَّنَا تَقَبَلُ مِنَّا اِنَكَ اَنُتَ السَّمِیُعُ الُعَلِیُمُ

| |
|---|
| سانہِ پالن ہار خدایہِ قدوسہٕ سون منگُن تہٕ عأجزی تھاو قبول ـ بے شک چھُکھ ژٕ بوزن وول تہٕ زانن |

سُبُحٰنَ رَبِّكَ رَبِّ الُعِزَّةِ

| |
|---|
| وول ـ پاک چھُکھ تمام عأبو تہٕ نو قصو نِش ـ تہُند پالن ہار، عزتہٕ وول پالن ہار، پاک تہٕ مُنزہ تمو ناکارہ تہٕ پچھ |

عَمَّا یَصِفُوُنَ وَسَلَامٌ عَلٰی الُمُرُسَلِیُنَ

| |
|---|
| کامیونِشہِ یم مشرک تُمس لاگان چھِ ـ بیٖہِ أسنٖز سلام تمام تھدِ شانہِ والین رسولن پٹھ ـ بیٖہِ شوٗ بن سأری |

وَالُحَمُدُ لِلّٰہِ رَبِّ الُعَالَمِیُنَ o اَللّٰھُمَّ اٰتِنَا خَیُرَالدُّنُیَا

| |
|---|
| حمد تہٕ تعریف عالمینن ہندِس پالن ہار خدائے کریمس ـ اے سانہِ رحیم وکریم خدایہِ اَسہِ کر تہٕ دوشوٕنے |

وَخَیُرَ الُاٰخِرَةِ وَاصُرِفُ عَنَّا شَرَّ الدُّنُیَا وَشَرَّالُاٰخِرَةِ یَااِلٰہَ الُاَوَّلِیُنَ

| |
|---|
| جہانن منٛز خأر تہٕ کامیأبی عطا ـ بیٖہِ تھاو تہٕ اَسہِ دور دنیا تہٕ آخرتہٕ کہِ شر تہٕ نوقصانہٕ نِش ـ اَے پٔتمین تہٕ بر |

وَالْاٰخِرِيْنَ يَا ذَالْجَلَالِ وَالْاِكْرَامِ بِرَحْمَتِكَ

ۋنهه مٿن هندِ معبود برحق ۾ ـ اَي تهدِ شانه ۾ تهِ عزت ۾ کهِ مالک بخشائيش کرن والهِ پنهنِ رحمت کهِ پاسه ۾، اَي

يَا اَرْحَمَ الرَّاحِمِيْنَ o

تمام رحم کرن والين هندي کهو تهِ حدِ روَس رحم کرن والهِ ـ